# کٲشُر رامایَن

یعنی

## رامہٕ اوتارہٕ ژٔرِت

تہٕ

## لوٕکُش ژٔرِت

مصنف ———— پرٛکاش رام کُری گامی

شیرٕ ژٲر ———— پروفیسر بلجی ناتھ پنڈت

جموں و کشمیر اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

(۱۹۶۵ء)

# مضمون ہُند فہرست

# گوڈہ کتھ

کأشرِ شأعرنہٕ کلاکارٕ آسی اوتہٕ ادتہٕ تام گوڈہ سنسکرت زبٲنی منٛز تہٕ پتہٕ سنسکرت تہٕ فارسی دوشوٕنی زبانٕن منٛز شأعری بیٚنہٕ لیکھان۔ کأشرِ زبٲنی کُن أسی نہٕ ہِم زیادٕہ توجہ دِوان۔ کأشرِ شأعری ہُند آغاز سپُد منا نہٕ سنٛتن تہٕ فقیرن ہندِ کلامہٕ سٟتی۔ یِمن منٛز ہِم زٕن بڑی علمبردار چھِہ تمہِ گنٛیہِ لل دید تہٕ شیخ نورالدین ریشی۔ یِمو پتہٕ چھِہ جبہ خونوٕنہِ ہِش شأعر کشیرِ منٛز پأدٕ سپدان۔ یِمو زٕن دُنیأیی مسلن پیٹھ شار لیکھی۔ یِمن پرانٕن شأعرن ہندی بأتھ آسی لُوکھ گیوان تہٕ یاد کران دارٕہ دارٕہ یِتھی لُوکَہ تِم بأتھ لیکھنی نہٕ۔ کیٚنژو لیکھن والیو کٔر یِمن منٛزٕ منٛزٕ کیٚنہہ کیٚنہہ رِلاوٹ تہٕ۔

یِمو کأشرِ بوٛ شأعرو زٕن دھارمِک شأعری منٛز خاص کنا پانہٕ لیچھ یِمن منٛز چھِہ زیادٕہ موشُور پرکاش رام کُری گأمی، پرمانند مٹن تہٕ کرشنہ راز دان وپوٚہ ہوٚی بزرگ۔ یِمو ورائے تہٕ دُھتی سٕبٹھاہ گوٚہ نہٕ مات۔ یِمو مختلف مسلن پیٹھ لیوٗکھ تہٕ یِمو منٛزٕ موشُور رسول میر، مہجور، ماسٹر زندہ کول تہٕ آزاد ہوٚی شأعر چھِہ یود وٕسے یِمو سارٕوی شأعرو پنٕنہِ پنٕنہِ رنگہ سٕبٹھاہ جان شأعری کٔرمٕژ چھِہ توٚتہٕ چھُہ کأشرِ زبٲنی منٛز ادبی سرمایہِ سٕبٹھاہ کم۔ اتھ مُقابلہٕ چھُہ بھارتچن کیٚنژن بیٚین زبانٕن منٛز وار یاہ قسمک سٕبٹھاہ ادب موجود۔ مثلن بنگالی زبان چھِہ اتھ عالمس منٛز سیٹھہِ امیر، تِتھے پأٹھی چھُہ اُردو، ہندی، گجرأتی، مرہٹی وغأرٕہ زبانٕن ہُند ادب کأفی وسیع، فنموار تہٕ تھدٕ پایک۔ کأشرِ زبٲنی ہندہ غریب آسنُک وجہ چھُہ پیٹھے وَنہٕ آمُت زٕ یِمہِ ریاستکی ادیب آسی سنسکرت تہٕ فارسی زبانٕن منٛز ادب لیکھان۔

بھارتس منٛز آسہِ نہٕ تہذیبہٕ والین لُوکَن منٛز سوٚہ کانٛہہ تہٕ زبان یتھ منٛز زٕن

رامایَن موجود آسِنہ - بیتھہ زبانِ منز کینہہ تہ ادب آسِنہ تتھ منز تہ آسہ کم ازکم رامایَن ضرور - بیُٚ ادب زٕن میہ چھُہ سۭتھاہ لوکچارس منز ہیٚنہ ناتہ ہنٛزہ زیوٗہ کٔن گوٚمت سُہ چھُہ پرکاش رامُن رامایَن - وَنہِ چھِ زیٚتھن راتن آسی اوتہٕ اوتہٕ تام سارنی بٕٹہ گَرن منز شامن ہیٚنہ کھیتھ سارِی باتہٕ اکسی کمرس منز بہان تہ اکھاہ اوسکھ پرکاش رامُن رامایَن پوٚزہ ناوان تہ باقی آسی کن دارِی دارِی بوزان - شُری آسی ہیٚنہ دوٚہلہ باتھہ موٗرِن ہنٛزہ کَمانہ بناوِی بناوِی رامایَنہ چِن لڑایی ہُند نقل کران تہ پھیٚر چاران - وُنہ تہ چھَہ یہ کتھ وارِیاہن گَرن منز چلان - غرض چھُہ وَننک یہ زِ رامایَن چھُہ کھارِس منز یہ ہیٚتھ گرِس منز ہردلعزیز - والمیکی ریشی یُس وَر دان رامایَنس دیتمُت چھُہ سُہ چھُہ شراہوَے آسہٕ پوٗرٕ تیران - تٔمی چھُہ یہ پیشینگوئی کٔرمٕژ زِ "یوت تام بٔڑی بٔڑی پہاڑ کھڑا چھِہ تہ یوت تام بٔیہ رانہ ٹھہرِت چھَہ توٚت تام روزِہ رامایَنچ کتھ دُنیاہس منز چلان" -

رامایَنچ ہردلعزیزی کنہٕ چھَہ یہ کاشُر رامہ یُس کلامس تہ سارِی کاشُری ہِنٛدی زانان -

دپان چھُہ زِ رامایَن بناوَن وول گوڈہ والمیکی ریشی - تٔمہ برٛونٛٹھ آس نہ دُنیاہس منز کانٛہہ تہ شاعری - اگر آس تہ نہ سوٗ آس نہ کانٛسہ دُنیائی شاعرہ سنٛز - سوٗ آس دیوتن منز الہٰی سنٛزی - والمیک ریوش اوس اکہ دوٚہ تمساندی ہندس بٔٹھس پیٹھ بہت - تتی آس جاناوارن ہنز اکھ جوٗری پانہ وٕنی پریم کران - اَمی وِزہ دیُت اکی شکاری تیوٗ دہ یوٚ منٛزہ اکس تُوٗرِ زاگِتھ کان دارِتھ تہ تُھنٛ مارِتھ - دوٚیمی جاناوُرن گرٛیہ یِنہ باپتھ سنٛدہ خاطرہ سۭتھاہ زھرٕ زھرٕ - ییٚلہِ یہ والمیکی ریشی اچھو وُچھ تٔمس گو سۭتھاہ دوکھ نہ دوکھ کہ آویشہ ستی دراو تسنٛدہ موٗکھہ منٛزہ اکھ شاپھ یاعنہ کُس رنگس منز امی ونتہ پیٹھہ لجُس وُنی تہ تٔمی ہیٚژ شاعری وَنٕنۍ - جاناوارہ سنٛد سۭتھاہ تُچھنہ کٔنہٕ بیُٚ تلواس تہنٛدس دِلس سپدُس لوٚ تٕنو نہ یوٚت تام یوٚت تام نہ تٔمی رامایَنچ ساری کتھ شاعری منز وٕنۍ - یوزوَے نہ رامایَن چھُہ سوٗرے دوکھی دوکھ - گوڈٕ نٕ شُری رامس راج تِلکچ تیاری سپدتھ راتو رات راج اتھہ نٕلہ گژھُن ہیٚنہ ستیاتہ لکھمن ہتھ تسنٛد وَنہ واس - تٔمہ پتہٕ رانہٕ دشرتھہ سنٛد پوٚترہ کران مرُن - وَنہ واس

منز تہ راونہ اٹھہ سیتاۂ ودہ نہٕ یتھ نہ مٕن تڑنشہٕ وٕنی از حد پریشانی تہ تکلیف
سپدٕن ۔ سیٹھاہ کوشش کٔرتھ تہ بے شمار تکلیف میٚترٕ تُلتھ دشمنن ہند خاتمہ کٔرتھ
واپس ینٕن گھرہ پتھ صرف کینژسی دٕنن نہنٛد سوکھ سان روزٕن تہ امہ پتہٕ بدنامی
نِشہٕ بچنہ باپتھ شری رامہ سندِ اتھہ سیتاۂ ہُند ترٛاوُتھ ژھنہٕ یُن ۔ پوٚز سارِنی
لُوکن برٛ وٚنٹھہ کِنہ سیتاۂ ہُند پننہِ چال چلنُک شروٚژر ثابت کٔرتھ یکدم ہمیشہ
خاطرہ زمینہ منز جذب سپدٕن تہ شری رامہ سُند جگرین منز دزہ وُن نار ہیتھ
حکومتکی سارٕی فرض انجام دِنی ۔ یہ چھُہ سورُے دوٚہکی دوہکھ ۔ اوٚے چھَہ یہ کہاوت
زِہ "لِس گو رامایَن لیکھنس لایق" ۔ غرض چھُہ یہ زِ شروع پیٹھہ آخرس تام
دوکھن ہنٛزی بنیٛر رامایٛنچ کتھ یٚلہ والمیکی رٕشی شاعری منز لیکھ ادہ لوتیونس
دِلکُ حُباب یُس تس جاناوارہ سندی ویلاپہ بوٗزِتھ تہ تسنز ژھرٕٹہٕ ژھرٹھ
وُچھِنہ پادہ اوس سُپدمُت ۔
وٗنی کہنس تہ چھہ اکھ سیٹھاہ سوٚ ندر شاعری منز لیکھنہ آمٕژ والمیکی رامایٛنچ
کتاب موٗجوٗد ۔ کیاہ یہے چھا سوٚہ کتاب یوٚس والمیکی رٕشی جاناوارہ سُند دوہکھ تہ
دود وُچھِتھ لیچھیہ کِنہ یہ چھَہ تمہ نِشہٕ بدل کانٛہہ کِتاب ۔ یہ چھُہ اکھ پیچیدہ سوال
ینتھ پیٹھ اسہ وارہ پزِ سوچُن ۔
شری رامہ سنز کتھ چھہ اسہ از کل تریٛن پرانٛن کتابن منز میلان ۔ منز اکھ
چھُہ والمیکی سُند رامایٛن ۔ منز بٔہ چھَہ مہابھارتچ اکھ ادھیاے تہ منز ترٛیٛیہ چھُہ
ادھیاتمہ رامایٛن ۔ والمیکی رامایٛنس منز چھُہ شری رام اکھ آدرش نایک (ہیرو) آمُت
مانِنہ ۔ امہ رامایٛنچ شاعری چھہ ژھدہ پانٛژ تہ رام چھُہ اتھ منز سیٹھاہ لایق، گوٚنہ وان،
بوٚڈ دٔر تہ دھرماتما انسان مانِنہ آمُت ۔ مہابھارتس منز یوسہ شری رامہ سنز کتھ دِنہ
آمٕژ چھَہ تمیچ شاعری چھِنہ تیتِہ ژھدہ پانٛژ تہ تتھ منز چھُہ رام اکھ اوتار مانِنہ آمُت ۔
یہ چھُہ باسان زِ سوٚ کتھ چھَہ آمٕژ موجودٕہ والمیکی رامایٛنہ کِس آدھارس پیٹھ لیکھنہ ۔ والمیکی
رامایٛنس منز چھُہ کینٛہ حصّہ تیتھ تہ یم زن تہ اصلی شاعرہ سندہ انٛکو چھہ باسان ۔ یہ چھُہ

یاسان زٕ تِم حِصہٕ چھہ یِنہٕ نقل لیکھن والیو منٛزٕ ژٲنٛژِ ہیٚتؠ ۔ تقریبن سورُے سٹیم کانڈ
ہٕنہ گوٚڈ بِکہٕ کانڈک زیادہ تر حِصہٕ چھہٕ یِنہٕ ۔ منٛزٕ مین پٲٹن کانڈن منٛز چھہ کنہٕ کنہٕ
یہ ملاوٹ تہٕ رلاوٹ صاف صاف لبنہٕ یوان ۔ والمیکی راماین کین یِتھنی حصن منٛز چھہٕ
کینژن جاین رامہٕ سٕند ورتن اوتار وِسِن منٛز کرنہٕ آمُت ۔ اندٕ وندہٕ یہ رامائن پرٕ چھہٕ
یہ باسان زٕ امیُک بناوَن وول چھُہ کُس تام بوٚڈ بارٕ شاعر اوسمُت ۔ سُہ آسہٕ ضرور نتھ
وقتس منٛز ظاہر سپُدمُت ییلہٕ شاعری ہُنٛز کلا سٹھاہ تھزرس پیٹھ وآژمٕژ آس ۔ دُنیاہس
منٛز چھہٕ یہٕ ینٛھ کانٛہہ ہیوٚ نہٕ وارٕ وارٕ تہٕ پاوٕ پاوٕ ترقی ہُنٛدِ ن تھزن ہند ین ٹھنگین پیٹھ
وآژمٕژ ۔ یکدم چھینہٕ کانٛہہ تہٕ ہیوٚ ترٕ تھزرس پیٹھ وآژمٕژ ۔ لہٰذا چھہ یہ ناممکن یاسان زٕ
موجودٕ والمیکی راماین آسہٕ تس ریشہِ ہُنٛز شاعری ییندس کلامس منٛز شاعری ہُنٛدٕ ادبک
گوڈنیک ظہور سپد یومُت اوس ۔

دویم کتھ چھہ یہ زِ راماینچہ کینہٕ کتھ چھہ بودھن ہندس جٲتکس منٛز تہٕ آمژٕ
مثلن دشرتھ جاتکھ تہٕ سامہ جاتکھ چھہ تتھ منٛز زٕ موشور کتھہٕ ۔ تمہ بودھ ادبچہ
کتھہٕ چھینہٕ پورٕ پٲٹھۍ موجودٕ والمیکی راماین چِن کتھن سٕتۍ رلان ۔ تمہ نِلہ چھُہ یہ باسان
زٕ موجودٕ والمیکی راماینہٕ کِہ تہٕ بودھ جاتکن ہُنٛدٕ ظہورٕ برونٛتھ نہٕ آسہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ
راماین موجود ییمیک سہارٕ اکِہ طرفہٕ والمیکی شاعرن نیوٚ تہٕ بییہِ طرفہٕ بودھ ادبکیو لیکھن والیو۔
تریم کتھ چھہ یہ زِ راماینچ کتھ چھہ بھارتس منٛز یتھے جایہ واریاہن ریتن منٛز وننہٕ
تہٕ بوزنہٕ یوان ۔ واریاہ یتھی قصہٕ چھہ اتھ منٛز ژھیمتی ۔ یمن ہند ذکر موجودٕ والمیکی
راماینس منٛز چھینہٕ ۔ مثلن سیتا چھہ آمژ راونہٕ سٕنٛز کورٕ تہٕ مانہٕ ۔ یہ راونہٕ سٕند مکیشور
سٕند قصہٕ تہٕ چھہ واریاہن علاقن تہٕ جاین موشور ۔ عیسائے سنہٕ چہ ڈیہمہ صدی ہندیو
ادیبو چھُہ دوٚپمُت زٕ راوُن تہٕ اوس سیتایہ ہندس سوئمبرس پیٹھ آمُت ۔ تلسی داسن
چھہ یمہ کتھہ پننہ کتابہ منٛز سوئمبراوٕ مژٕ ۔ اَتھ کتابِ چھُہ ناو "رامہٕ چرت مانس"۔ امہ علاوٕ
چھہ راماینچہ کتھہٕ واریاہن ریتن منٛز برما، ملایا، کمبوڈیا، ویٹ نام، جاوا، سماٹرا،
بالی، فلپاین، چین، تبت تہٕ جاپان بیترٕ ملکن منٛز موشور ۔ یمہ کتھہِ چھہ پانہٕ وآنٛژ

سیٹھاہ اختلاف ہُنوان ۔ امہِ ایو راگرزن وِتزار کرو نیٚلہِ چھُہ یِنہٕ نتان زِ یُونانچ
ایلیڈ تہٕ اوڈیسی چھِہ داریاہ واقعاتو کِنہِ بھارتہٕ کِس رامائنس تہٕ مہابھارتس سیٚتی
رلان ۔ یِمو سارِو کتھو نِشہِ چھُہ یہ نتان زِ موجوٗدٕ والمیکی رامائن گرٛٹھہِ آسُن یمن وقتن
منز لیکھنہٕ آمُت یمن وقتن منز (منبراکھ) اونانہٕ واداو سینہٕ لوکن منز یادہٕ
ہردلعزیز بنیومُت (منبرزٕ) ہیندین تہٕ یونانین اوس یانہٕ وأنی کم زیادہ میل
ملاپ سپدمُت (منبرتریہ) شاعری ہنز ہمہ نہٕ آس عروجس پیٹھ وآتہٕ منز ۔ تم وقت
ہیکن نہٕ کنہِ حالتس منز والمیکی رِشی سنزہٕ زندہ گانی ہندی وقت آسنہٕ ۔ والمیکی
رِشی سُند وقت گو یانہٕ شری رامہٕ سُند وقت ۔ تہِ کیازِ ییلہِ شری رامن سیتا ژٲڈنہٕ
ژھنیہ تہٕ سو رٹیہِ والمیکی رِشی ہِنس آشرمس منز تہٕ ۔ تتی زایہِ تِمس لوتہ کوش
یِمو زن والمیکی رِشی سُند رامائن کرِو یاد تہٕ گیوٚو شری رامہٕ سندس گینس پیٹھ ۔

لہٰذا چھُہ یہ ممکن زِ والمیکی رِشی بیٚن رامائن جانا وارن ہندہ دردِ کہ
دٕچھینہٕ سیٚتی لیچھو وُتہ آسہِ ہے عام باتن ہند رامائن ۔ نتہٕ ہیکو مثالہ کنِہ "لڈی شاہ"
طرزس سیٚتی مشابہت دِتھ ۔ سو شاعری آسہِ ہے نہٕ فنیچ شاعری بلکہ زٕ انگریز
بیلڈ (Ballad) بیچھ ونان ۔ موجودٕ رامائن والمیکی یچھٕ ایپک
(Epic) ۔ منزہ منزہ چھُہ اتھ لِرک (Lyric) تہٕ سیٹھاہ ۔ نہٕ لڈی شاہ
رامائنہٕ چالہِ پٹھ لیکھنہٕ آسہِ ہن اکہِ طرفہٕ بتھرٕ والمیکی شاعران ۔ بیٚیہ طرفہٕ بودھ ادیبو
لیکھن والیو نہٕ سو سے کتھہ آسہِ یوہن تہٕ وہ ہنٕ کین دلیش منزوارہ وارہ بیاآلیم
سکنہٕ رہ ہندہ حملہ پتہٕ ہن آسہِ والمیکی شاعران موجودٕ رامائن بو ومُت تہٕ
نِمہ پتہٕ آسہِ نقل لیکھن والیو کانہہ کانہہ حصہ بجہٕ منزوارہ وارہ ژٕدن یا نزن
ہن ورِین منز ژونہٕ مُت ۔

ادھیاتمہ رامائن چھُہ اکھ لوکُٹ موکُٹ پُران ۔ یہ آسہِ آمُت نِمہ وقتہٕ
لیکھہ نہٕ یمہِ وقتہٕ باقی پُران لیکھنہٕ آیہ تہٕ یمہِ وقتہٕ وشنو دھرم سیٹھاہ عروجس
پیٹھ اوس ادھیاتمہ رامائنس منز چھُہ ویدانت فلسفُک اثر تہٕ سیٹھاہ موجود ۔

لہٰذا آسہ یہ ستھ نکہ آچاریہ سندِ ین شتھیں ہندس وقتس منز تقریبن دۄہمہ عیسائے صدی
منز لیکھنہ آمٕت۔ امہ رامایٕنک رام چھُ نہ صرف اکھ ہیرو۔ بلکہ چھُ پانہٕ بھگوان منش
رٕپس منز ظاہر سپدِت۔ آدرش منش سند پاٹھۍ لاگان نہ لوکن دھرم پرچ وتھ ہاوان
ہم زن تُلسی داس بیترِ رامایٕن کارن پتہٕ ڈیہہ منز چھہ تم پتہ ساری اُتھی ادھیاتمہ رامایٕنس
پتہ پتہ نکمتہٕ۔ ادھیاتمہ رامایٕنس پُرانن نہ ہن پتہ لیکھنہ آمٕتین رامایٕن منز چھُ رامایٕنہ
کہن سارِنی پاٹھرن آمٕت مذہبی نہ روحانی رنگ دِنہٕ۔ تتھہ رنگس مطابق چھ یم ساری
دیوتاہن ہندی اوتار۔ دِتھہ پرزاہت دیوتاہن نہ تنہنز دیویہ داکھیایِنہ کوٚر اکہ وقتہ
سبھاہ تنِتھ نہ بھگوان نارائن گوکھ سبھاہ خوش۔ تمۍ دوٚپکھ توہۍ منگِو ور۔ تمو
موٚنگھ ہس نہ پتہٕ بن سون سنتان یتھ زن اسی ماٗلس ماجہ ہُند پریم تہٕ سیٹھی گرتھ ہیکو۔
نہ پتہٕ کرکھ اسہ ہتی ہتی گوبرہ کار۔ لہٰذا آیہ تم دوٚنہٕ وۍ منش بنتھ دنیاہس منز نہ
پیدی ظاہر بطورِ دشرتھ نہ کوشلیا بھگوان نارائن نیٚو تھند نیچو شری رام۔

دوٚیم کتھ چھہ یہ پتہٕ دِنہٕ زہ بھگوان نارائنہ سندِس دربارس منز آسی زہ
ڈیرھو وانی۔ اکھ اوس زے نہ بیاکھ اوس وینزے۔ اکہ لٹہ اوس بھگوان اندرہ کنہ
آوٗرِ پتہ یم آسی ڈیرِ بیٹھ رائھی۔ تمۍ وِزہ آو ناردجی بھگوانس نش درشن کرنہ باپتھ۔
یمو دِنہ ہس نہ اندر اژنک اجازت تمۍ دِتہ تک شاپہ زہ توہۍ ییو دنیاہس منز ترہ
لٹہ راکھیس بنتھ زمنس۔ تمو کوٚر پتہ ناردجیس سبھاہ زارہ پارہ نہ پرژھہ ہس تنہ
موکہ پلنچ وَنتھ۔ تمۍ وِدوٚنہ نکھ زہ راکھیس زمنس منز ہیکو نہ توہۍ سرزوہ پاٹھۍ بھگوانہ
ہنز بھکتی کرِتھ۔ لہٰذا اگرِ توہۍ بھگوانس سیتی یتہ دُشمنی۔ اِنسانس چھُ طاقتور
دُشمنہ سندمنس منز ہمیشہ خیال روزان۔ توہہ نہ روزِوہ تتہ بینس زوردار دُشمنہ
سندیعنی بھگوان نارائنہ سند ہر وقت خیال۔ پتہٕ مرِو توہۍ تہٕ بھگوانہ ہندی اتھہ نہ
مرنہ وِزہ آسہ تُہندہ مارن وول بھگوان اُچھن برونہہ کنہ۔ تمہ سیتی ینہ توہہ سبھاہ
جان گتھ۔ لہٰذا آیہ ہم زہ دیوتا گوہ ڈیبٹ ہرنیاکھ نہ ہرنیہ کشپ بنتھ۔ تم ماری
بھگوان نارائنن وراہ اوتار نہ نرسہم اوتار دارِتھ۔ دوٚیمس راکھیس زمنس منز

بنیبہِ نمے ناوُن نہ کوہ مبہ کرُن یم زن شری رام بنتھ بھگوان ماری - تربہِ مس زمنس منز بنیبہِ تمے ششُہ پال نہ دنہتہ وکر۔ یم زن بھگوان کرشنہ اوتارس منز ماری۔

نریم کتھ چھہ یہ زِ نہ مشہور زہ برھماجی سُند نیچوُ اوس پُلست زیوش۔ تسند نیچو گیوو وِشروا - تمہِ کوٗر برداج ریشی سنز کورہ ستی نیتھر تہ تس زاو ویشروٗن۔ ویشروٗن کر سیٹھا تپسیا نہ برھماجین بوٗوسہ دیوہ تاہن سُند خزانچی تہ شمالہِ چہ دِشایہ ہُند سوامی کیرتس دِتنُ سوارِ بانچہ پوشپک ویمان - دیان تمہ وقتہ اوس دیوتاہو اسرن سیٹھا کابہ نان کوٗرہ مُت تہ یمو آس لنکا ترآوِمژ تہ آسی تل پاتالس منز کھٹتھ ژوٗدِ متی - لنکا آس تمہ وقتہ بالکل خالی - وِشروا رِنیٖ سندِ حکمہ ستی آو ویشروٗن لنکایہ منز بسنہ - دیان اکہِ دوٗہہ کوت سُمالی ناوُک اسُر ینی جوان کور کیکسی ہیتھ پاتالہ منزہ ہیور - تمی وُچھ لنکایہ منز کیبر دیوتاہ سیٹھا اوٗزہ نہ تیزہ سوٗست اوس - تمہِ دوٗن کوٗرِ زہ چھہ نا صلاح ژہ نہ کرکھ وِشروا ریشس ستی نیتھر تیتھہ زن ژہ نہ یتھی شوٗبہ دار شری زیوِنے - تمس نہ آیہ یہ کتھ براہ نہ گیہ ریشس بروٗنہہ کُن نہ دُوزتی اَدِ یہ سان نہ ھکتی سان وہ دِنہ۔ ریشس توٗر پھکرہ زہ یہ کیاہ زہ چھہ یتھ کُنی مہ بروٗنہہ کُن آمژ تہ کیاہ چھہ یژھان۔ تس آو نرس تہ تمی کرِ تسنز خواہش پوٗرہ - مگر ستی وَنہ تس زہ ژہ آکھ مَنش سیٹھا خراب نہ ظالم سانتس ییتھ - لہٰذا ژہِ یم شری مہ بنہِ نیٖنے تم تہ آسن سیٹھا خراب نہ ظالم - تمہ یلہِ سیٹھا زارہ پارہ کوٗرُس نہ ادہ دِتنس وَر زہ اکھ شُر زیوِنے ژہ سیٹھا جان - لہٰذا زایہِ منش ژور راکھس راوُن، کوہ مبہ کرُن، خرد یونہ دُوشن اکھ زانس راکھِسنی بس شرپنکھہ ووُنکھُ ناو - صرف اکھ شُر زاوِتس جان جنانِ ہُند - تس کوٗرکھ ناو وِبیشن -

یلہِ یم شُری جوان سپنی یوٗ نہ کوٗر سیٹھاہ تپہ - برھماجی گوٚکھ خوش تہ دِتنکھ وَر - تِمو وَرو ستی بنیبہِ یم سیٹھاہ طاقتور تہ ییتھ تکھ سارِنی لوٗکن تکلیف واتہ ناوُن - کیبر ژلہِ نوٗوکھ لنکایہ منزہ تہ پوشپک ویمان ژلس نِنتھ یمن راکھسن ہُند

ظلم بیلہٕ سپٕھاہٕ بو نہٕ زمین آیہ ٹٕنگہ - زمینہٕ ہٕنز دیوی گیہ برہماہٕ جیس نِشہٕ فریاد
کرنہِ نِہ بہٕ گو بیس سپٕھاہ راوٕ نہ ہیو ہاپو سنی - برہماہٕ جین ذٔون بھگوان
نارائنس نِہ تٔمی کوٗر منظوٗر اوتار دارِن انسان بنِن نہ ادٕ راوٕن مارن - لِہٰذا آوُس
شری رام بنِتھ - نارائنس ہر وقت سیٖ سٕنی آسن دول شیشہ ناگ بنیو لکھمن -
نارائنہٕ سٕندی زٕہ ہتھیار یعنی شنکھ تہٕ ژکر بنیہٕ بھرت تہٕ شترگوٗن - باقی
دیوتاہ آیہ اوتار دارِن نِہ بنیہٕ بٕنزی تہٕ واندر - یِم ڈٕھنی دکھیِن دشمن منز
تِنہٕ سٕبدمن واندرِ نین سٕنی تِتھ میل جول بیٖھ زن یِمن دیوتاہن ہنٕدی طاقتن
ہٕندی امش زایہ واندر بچہٕ بنِتھ - بٕنید راژہ سٕند امش بنیوو وٲلی - سریہ سٕند امش
زاو سُگریو - وایُو دیوتاہ سٕند امش زاو ہنوٗمان - یتھے کنٕہ زایہ سارِنی دیوتاہن
ہٕندی امش یِم زن تِہٕندی اوتار مانٕنہ آیہ - یِہ دیوتاہن ہٕند بٕونٕزر یوکوٗر بھگوان
نارائنس راوٕن ہیترہ مارنس منز مدت -

بھگوان نارائنس چھ زٕہ زنانہٕ - اکھ چھس مہا لکھمی تہٕ دوییم چھس زمین -
سیتا چھ گنہٕ آمٕژ مہالکھمی ہٕند اوتار مانٕنہٕ تہٕ کنہٕ چھ آمٕژ پرتھوی یعنی زمینہ ہٕند
اوتار مانٕنہ - رامائن منز چھ دونٕنہٕ مُتن زہ وٕنٕڈک وِس منز وٗن اکہ دوٕہ شری
رامن سیتا یہ زٕہ روز کیٖنژس وقتس نارس منز گٕنٹِھتھ تہٕ پنیہٕ جایہ تھوٗن پنُی ژھاے
بیٖھ زن راوٕن ژوٗرہ نیہ - یمہ کوٗرنی تہٕ پتہ بیٖلہ راوٕن گومارہ تہٕ سہ سیتایہ ہنز ژھاے
آیہ نارس ژھٕنیہ - ظاہری طور چالہ چلنک امتحان کرنہٕ بابیتھ تہٕ دراصل نارس نِشہ
اصلی سیتا واپس ہیٕنہٕ بابیتھ -

رامہٕ اوتارس منز کوٗر بھگوان نارائن دشہٕ پرزانس دِتہٕ مُتن وادٕہ نہٕ
پورہٕ تہٕ بٕنزراژ ہٕند بار نہٕ دوٗتن - دُنیاہ کٔین لوکن ہاوٗن انسانی زندہٕ گی ہٕندی
پزی اصول پنیہٕ عملہٕ سٕنی - نرے تہٕ وزبرے موکہٕ لاوٗن راکھس زمہٕ نِشہٕ - دُنیاہ
کٔین گوکن وانہٕ نووُن سپٕھاہ آرام تہٕ آسائیش تہٕ پوٗتس گو ساری دیوتاہ امش تہٕ پنیہٕ
شہر کٕ ساری شہری ہیٖتھ بیٖہ ویکوٗنٹھ لوکس واپس - صرف تھوٗن پنیہٕ پنیہٕ

نہٕ ناٹھی بھکنتھ ۔ دٕپیشن ہنووٕن خدمتس منز پھل دُنیاہی سوکھ بوگن بابتھ تہٕ
ہنومان ہنووٕن ہیتھ دُنیا ہس منز ناراینہ بھکتین وتھ ہاونہ تہٕ رچھنہ بابتھ ۔ یتھ
چھہ ہندی مذہبن منز ماننہ آمُت زِ یتھ کلہ یُگس منز تہٕ پیس انسانہ سُند وکالت
ہنومان جی شری رامہ سُندِس نِتہ دایی دربارس منز کرِتس میلہِ ضرور ویکوُنٹھ لوکس
منز کانہہ اہم باے ۔

اگر زن رامائنہ چھ کتھ ہیچھ تواریخچہ نظرہ کنی وِچار کرو، تہٕ یہ چھ بابان
زِ شری رام ہیترہ چھ سر بودشکہ تم کھیترے آسہن یم زن گوڈہ گوڈہ بھارتس
منز بیٹھ لب بیہہ ۔ بزانہ نماہچہ آریہ ناگ ہند آسی نہ بڈی فرقہ ۔ کینہہ آسی دیو
نہ کینہہ آسی اسُر ۔ یم آسی پانہ وانی ہمیشہ دُشمنٹ کران تہٕ اکھ اکس سیتی لڑایہ
کران ۔ اکھ اکس سیٹھاہ خوف زدہ کرنہ کنی آیہ پتہ دارہ وایہ اکھ اکس نِشہ یم
جن ماننہ ۔ دیو آسی زیادہ تر بھارتس منز تہٕ اسُری ایرانس منز بسان ۔ امہِ سے
چھہ سنسکرت زبٲنی منز اسُر وتان دیوس نہ فارسی زبٲنی منز دیو ونان ییلس
ایرٲنی لوکن ہُند سیٹھاہ بوڈ جن گو اِندر ۔ تِہندہ کھوتہ بوڈ جن گو وریتھر گن ۔
رِگ ویدس منز گو اندری وِترا سہ رُس مارنہ کنی وِرترہ ہن ۔ ادھیاتمہ رامائین
منز تہٕ موجودہ والمیکی رامائنہ کین پتہ زانہ میتہین حصن منز یہ زن ونہ نہ آمُت
چھہ زِ دیو تاہن ہندِ ہمندہ کنی نایہ دیو تاہن ہندِ امتس نیزرِن نہ واندریتھن
نِشہ نیزری تہٕ واندر بنیتھ تہٕ ہاپرن نِشہ ہاپت بنیتھ ۔ راون ہیترہ راکھسن
متعلق رتہ یہ ونہ چھہ آمُت زِ اُسرن ہنزہ اکس کوزہ سیتی کوٚر زینی اکھ ناندر تہٕ
نس نِشہ وہ یہ بیہہ راکھس ۔ تواریخ دان کڈان امہ ساری منزہ یہ مطلب زِ کینہہ
آریہ لوک آسن بھارتہ کہ شمالی حصہ سیٹھ صرف مردی بائی بھار تہٕ کس دکھنی حصس
کُن گامتی نہ تنہٕ آسن تمو ملک فتح کرتھ نویہ جن زنان سیتی نیتھر کری متہ تہٕ
تمہ سیتی آسہ اکھ نوی قوم پادہ سپُدمُت ۔ یم نیم آریہ لوکھ آسہ ہن نہ اصلی آریہ
لوکن ہی خوبصورت نہ امہ کنی آسہ ییمن واندر نہ ہاپت ناو پومُت بجایں وغارہ

گردنہ آسہ ہن ینہی نیم آریہ ۔ راکھِس تہٕ آسہ ہن نیم آریہ ۔ مگر یِم آسہ ہن دیوامشو بدل
اُسُر امشو کنِہ یأدہ سپدی مِتی ۔ یعنی اسرُن تہٕ دکھِنہ کین اصلی باشندن ہُندِ میل
جولہِ کنِہ آسہ ہن راکھِس ناوکہ لوکھ یأدہ سپدی متی ۔ راوُن بیلیہ زاونہ مُنس آسہ ہے
گردن زیادہ زیٹھ باز یادہ موٗٹ ۔ تِمہ کنِہ آسہ ہے مُنس ریٹھہ آمِہ ژونہ ہٕنہ دَشہ گریو
یعنی دہ گردنہِ وول ۔ وُنہِ کین تہٕ اگہ گأنسہ کلہ ڈیوٗڈھ ہین آسہ لس چھہ ریٹھہ ناو
ہیوان دُکلہ ۔ ونہ کینس تہٕ چھہ وارِیاہن انسانن ریٹھہ آسان کاو، گگر، دونٹ
داند، خر، برأری وغأرہ ۔ یت گِئی راکھسن ہندی ہنگ ۔ پرأنس زبانس منز آس
اکھ لوکہ ذانتھ بھارنہ ہیٹھ عرافس تام روزان ۔ تِم لوکھ آسی پننِس بھگوانس کلس ہیٹھ
ہنگ دار ٹوپی لگوان ۔ ونہ کینس تہٕ چھہ کیرل بیترہ دیشن منز پرانین مندرن منز
موٗرژن ہندین کلن ہیٹھ ہنگ دار ٹوپی لگوان ۔ میہ چھہ اکہ لیٹہ اکس میگزینس منز
کیلٹ (Celts) لوکن ہندین دیوتاہن ہنز شکل وُچھمژ نیتھ شکلہ منز دیوتا
آسی سیٹھاہ خوبصورت مگر کلن ہیٹھ آسک ہنگ تہٕ یِم سیٹھاہ خوشنما باسان آسی ۔
تواریخ دان چھہ ونان زِ تِم لوکھ آسی شیوہ تہٕ تہند ساری کھونہ بوڈ دیوتا اوس بھگوان
پشوپتی ۔ زِبون آسی تِم مانان پشی تہٕ بھگوانس آس مانان پشن ہند رچھن وول ۔
روحانی پوٚھول یا گوٗر پشن ہند نشانہ ہنگ آسی تو ے مُنس کلس ہیٹھ لگوان ۔
راونس تہٕ چھہ دپان زِ سُہ اوس شیوہ سُند ووپاسک تہٕ دراصل آسہ ہن
ساری راکھِس پاشہ پت شیو ۔ مُمکن آسہ ہے نہ ویدک دیوتاہن ہنز پرستش پسند تہٕ
نو ے آسہ ہن تِم ویدک دھرمہ چن یگنیہ دغأرہ کامہن سیتھا انان ۔ تہٕ کیتھہ کنِہ
ہیکہِ وانِدرن تہٕ انسانن یا گردن ماہیتی ینزرن تہٕ انسانن یانہِ وأنی دوستی بنتھ
ینزر تہٕ ماہیت کنِتھہ کنِہ ہیکن انسان سیتی کتھ کرتھ تہٕ شینچھ نیتھ بابانتھ ۔ دراصل
آسہ ہن یِم ساری پینزری وانِدر ماہیت گرد تہٕ راکھِس انسانی ۔ مگر والمیکی رِشیو
سندس مولہِ رامایِنس منز آسہ ہے تہند ناو آمت ونہ ۔ پینزری ، وانِدر ، ماہیت
دغأرہ ۔ تِمہ پتہٕ آسن ہِنہ بڈی وری گزرمِتی تہٕ ییتہ کالہ پیٹھ بیس بوڈ شاعر والمیکی

دوٚنھٕ ہٕنٛز آسن ناوٕ کنہٕ ہیم ٲئی منٛز پٔزی پاٹھی ہٕنٛزی واندر تہٕ ہاپت وغارٕہ نٔی وجہ
کنہٕ آسہِ تہنٛزن لچن تہٕ جنتٔرن ہُند ذکر آمُت کرنہٕ ۔ یتھے کنہٕ آسہِ ہے مولہٕ لامایُنس
منٛز رآون آمُت وِہنہٕ وَشہ کریو ۔ یِمی ناوٕ کنہٕ آسہِ مہاگوٗی والمیکیَن سُہ موٗہ مُت
پٔزی پاٹھی دٔہوگردینوٗ سوٗست ۔ دٔہوگردینوٗ کنہٕ آسن یتھ بنیتھی دٔہ کلہٕ تہٕ وٗہ یرٕہ ۔
تاریخ دان ہیکن رامایُنہ منٛزہ یتھے مطلب کڈِتھ ۔

والمیکی ریشی سُند تہٕ شری رامہٕ سُند وقت ہیکن تواریخ دان سُہ وقت ٹھٲوِتھ
ییمہ وقتہ ہیندراز اوس آرین ہند سارِوی کھوتہٕ بوٚڈ دیوتاہ ۔ مگر رامایُنس تہٕ مہابارتس
منٛز چھُہ ہندرہ کھوتہٕ ہوٚد درجہ آمُت دِنہٕ دشنو بھگوانس ۔ رامایُنک ہیندراز چھُہ نہٕ
رِگ ویدک شوٗرِ ویر ہیندراز یس نہٕ کانہہ تہٕ دُشمن پوشتِ ہیکیہ ۔ سُہ چھُہ یکوُر اکھ
کمزور دیوتاہ یُس زن راونہٕ سُند نیچوٗتہٕ شکست چھُہ دِوان ۔ امہِ کنہٕ تہٕ چھُہ موٗجوٗدہ
والمیکی رامایَن والمیک ریشس پتہٕ ہتہٕ بدٕ بٔو یاسابہ بدٕبو ورِیو پتہٕ شاعر والمیکِ
سُندِہ اتھہ لیکھنہٕ آمُت تہٕ ادھیاتمہٕ رامایَن چھُہ تمہ پتہٕ تہٕ ہتہٕ بدلو وٕرِیَو پتہ
بنیو مُت ۔

پرکاش رامَن یُس رامایَن چھُہ بنوومُت سُہ چھُہ تُلسی داسُن ہندی پاٹھی
ادھیاتمہٕ رامایُنس مطابق بنوومُت ۔ اَمی چھُہ شری رام بھگوان نارائنہٕ سُند اوتار
مونمُت تہٕ سوٗرے رامہٕ زِندگی چھُن اکھ قسمک ڈراماہ مونمُت ۔ والمیکی رامایُنس ہیکو
ونتھ محض شاعری ۔ مگر پرکاش رامُن رامایَن چھُہ ادھیاتمہٕ رامایُنکی پاٹھی دھارمک شاعری ۔
شاعر والمیک سُند خاص مقصد چھُہ اوسمُت دُنیاہ کِین لوکن اکھ تُرتھ سوندرتہٕ دِلکش
شاعری پیش کرنی ۔ یُوسہ زن تِمن دُنیاہ چہ فکرو نہٕ تفریحُو نِشہ آزاد کرِتھ اکس ہندہ
درجہ کہ آنندکس سمندرس منٛز بوٚڈ ناوِ ہے تہٕ یتیٚ ہنی ییچھ ناوِ ہے نیکی ہنٛز وتھ ۔
مگر ادھیاتمہٕ رامایُنہ کِس بناوَن وٲلی ہندی پاٹھی چھُہ تُلسی داسس پرکاش رامس تہٕ بِین
بِین رامایَن لیکھن والین اتھ کامہِ منٛز خاص مطلب یہ اوسمُت زِ شری رامہٕ ہنٛز
بھکتی ہُند گورتھ گوکن منٛز پرزاوسپدُن ۔ اَدے وُن ہیٚنٛزِ شاعری اسہِ دھارمک

شاعری - پرکاش رامن چھہ ادھیاتمہ رامایٔنہ ورأے بیٚین بیٚین پرانن منٛزٕ تہٕ کینٛہہ
کینٛہہ جمع کٔرِتھ رامایٔنس منٛز وٕ نہٕ مٔژرٕ - مثلن راونہٕ سُند سیتایہ ہُند مول آسُن تہٕ
منٛدودری ہٕنٛد تیٚنسٕنٛز تاج آسُن - مہ راونہٕ سُند سوٗرے احوال تہٕ ہنومانن تٔمہ
ینٛچوی سُند پادہ سیدُن وغارٕ وغارٕ - رامایٔنس منٛز یُس عٔیتی یُس زن لوکوش ژربت
تمی لیوکھ مُت چھُس تہٕ چھُہ بُتھے - تہٕ کیازِ والمیکی رامایٔنس تہٕ ادھیاتمہ
رامایٔنس منٛز چھُہ نہٕ تمیُک کانہہ تہٕ ذکر - سیتایہ ہنٛزٕ زامہ ہنٛز دلیل تہٕ چھہ یتہٕ ہی
پٔرِتھ پٔرِتھ کینٛہہ چھہ نٔنہٕ پیٚٹھہ جاواتام واریاہن جاین مشہور - دراصل چھہ پرکاش رامن
ہمہٕ ہمہٕ سارے کینٛہہ سومبراوِمٕژرٕ یمہٕ زن تمس تمہ وقتہٕ کُنہٕ تہٕ اتھہ آیہ تہٕ تمہٕ سایے
چھُن مختصر پأٹھی رامایٔنس منٛزٕ وٕ نہٕ مٔژرٕ - کُنہٕ کُنہٕ چھُن یاونہٕ تہٕ کلپنا کٔرِ مٔژٕ یمہٕ نان
جتابنس شری رامہ سُند بیٚنن مٔژھن پیٚٹھ داہ دین

## لوکوش ژربت

والمیکی رامایٔنس چھہ صرف ستھ کانڈ - ستمس کانڈس منٛز چھُہ شری رامہ سٕنٛدہ
راجُک، سیتایہ ہٕنٛدہ ژراونہ ژھینہٕ نُک، کوشہ سٕنٛدہ تہٕ لوہ سٕنٛدہ زینُک، شری
رامہ سٕنٛدہ اشمید یگینُک، کوشہ لوہ سٕنٛزٕ ژیوٕ رامایٔن بوزہ نادنُک، سیتایہ
ہٕنٛدہ زمینس منٛز جذب گژھنُک تہٕ شری رامہ سٕنٛدہ سوٗرگس گمنہ نُک ذکر آمُت
کرنہٕ - ادھیاتمہ رامایٔنس منٛز تہٕ چھہ ییتھے پأٹھی صرف ستھ کانڈ - مگر یم رامایٔن ترٛاہمہ
تہٕ سداہمہ صدی منٛز دہارتہٕ جایٔن موٗجوٗدٕ رنایٔن منٛز لیکھنہٕ آیہِ تِمن منٛز چھہ لوکوش
کانڈ آمُت اٹھیم کانڈ وٕ نہٕ تہٕ نت کانڈس منٛز چھُہ اشمید گٔری سٕنٛدہ باپتھ لوکوشن
ساریٚنی اجوذیایہ ہٕنٛدین ویرن تہٕ ہنومانس ہیٚبرٕ واندرن سٕتی جنگ سپدان یتھہ منٛز
لوٕ تہٕ کوش چھہ تمن سارِنی ہارِتھ ژھنان تہٕ پتہٕ چھُک والمیک ریش امرتھ برساوتھ
بیٚیہ زندٕ کران - امہ یوٗرُک ذکر آسہ ہے کُنہٕ نہٕ کُنہٕ ریٚپس منٛز پرانین و قتن منٛزٕ
پرانن منٛز ضرور آمُت - تہٕ آسہ ہے لوکہ کتھن منٛز موشوٗر - تہٕ کیازِ عیسأے سنہٕ چہ

ءِ اِٹھمہ صدی منز چھِ بھوہ بھُوتی اکھ ڈراما نگار و وٚتھمٕت یُس اُتر رامہ چرِت ناٹکس
منز اَمہ یہ دُک ذِکر چھُ کوٚرمُت ۔ پرکاش رامن تہٕ آسہ ہے یہ ذِکر بانہٕ کُنہ پوٚرمُت
نہتہٕ آسہ ہن پرانِن نِش بوٗزمُت ۔ مگر چونکہ ادھیاتمہ رامایناس منز چھُنہٕ اَمہ
یہ دُک ناو نہٕ کُنہ نہٕ چھُ تتھ منز کانہہ اِٹھیم کانڈ بتھ لوکوٚش کانڈ وننہٕ ییہ ہے ۔
پرکاش رامن تہٕ چھُ نہٕ جایز زوٚنمُت بہٕ اِٹھیم کانڈ رامایناس منز تھوٚن ۔ توٚے چھُ
اَمہ لوکوٚش یِہ دِپ کتھ الگ کتابہ منز ۆنہٕ مٕژ تہٕ کتابہ چھُن ناو تھوٚومُت "لوکوٚش
زٔربت"۔ شری رامہ سِندہ آدرش حکومتُک ذِکر کٔرتھ چھُن لوکوٚش زٔربت شروع
کوٚرمُت ۔ یہ چھُن تِتھہ پاٹھی شروع کوٚرمُت یِتھہ پاٹھی زَن یہ رامایُنُک اکھ حصہ چھُ
باسان ۔ رامایِنکی پاٹھی چھُن تہٕ اتھ الگ تمہید بتری کٔنہ تہٕ لیوٗکھمُت ۔
والمیکی رامایناس منز چھُ آمُت وننہٕ زِ کوٚش تہٕ لوٚ آسی سیتایہ دُکہ دِیرہ زامٕتۍ ۔
تِمی چھُ آمُت وننہٕ ادھیاتمہ رامایناس منز تہٕ ۔ بھوہ بھُوتی دنگارہ ادیب تہٕ چھِ تی مانان ۔
یمو سارِوی ادیبو چھُ کوٚش موٚنہ مُت زیٹھ تہٕ لوٚ مٔنس کوٚنس ۔ دوٚیُم چھُ یہِ وننہٕ مُت
زِ صرف لوٚی اوس زایو وسیتایہ تہٕ والمیکی رِشی کریو وُکُس دٔربہ تٔجہ دٔردِت
کوٚش پادٕ ۔ سیتایہ ہُنزہ زٲم ہُنز رزالتھ یوٗسہ پرکاش رامن وارہ پاٹھی دِنی مٕژ چھیم
سوٚ چھیٚنہ والمیکی رامایناس منز تہٕ نہٕ چھِ ادھیاتمہ رامایناس منز ۔ یہ کتھ آسہ پرکاش رامن
بانہٕ کُنہ کتابہ منز پٔرمٕژ تہٕ آسہن پرانِن نِشہ بوٗزمٕژ ۔ والمیکی رامایناس منز یُس
لوٚ کوٚشس تہٕ رامایُن پرناُن تہٕ شری رامہ سِندس اشمید یگنیس پیٹھ تمہ کیہ گیوٚنُک
قِصہ چھُ وننہٕ آمُت پرکاش رامن چھِنہ تمیک کیٚنہ تہٕ ذِکر لوکوٚش زٔربہ منز کوٚرمُت ۔
تمی چھُ یی لیوٗکھمُت زِ کوٚشس آو اشمیدک گُرسُٹھا پِنہ تہٕ کٔرن تمہ تہٕ ہیوٗن
گرٕ نٔبرُ ۔ تتھی پیٹھ گوٚس شری رامہ سِندس فوجس ساتی جنگ ۔ یمی وِزِ آو لوٚ تہٕ
سُپُد جنگس شامِل ۔ جنگس منز ژھینِہ تمو دہ بو بارِ تمو ساری ولہ ویر ہنوٗمان پترہ
ہینتھ تہٕ ۔ بیٚیہ شری رام تہٕ تہندی بابے مارِتھ ۔ تہٕ ییلہ سیتایہ وُچھ اچھو تہ ہیوٗت
اَتھ کُنہ خون مارُن ۔ پتاہ لگِتھ تِل بون تہٕ کوٚشن تہٕ سیٹھا ہے ۔ یمی وِزِ آو لوٚت

والمیک ریوش تہٕ تِمۍ کوٚر الیشرس سیٚٹھاہ زارٕ پارٕ یِمن زَن منظور گو تہٕ آسمانہٕ پیٹھٕ
پیوٚ امر بنک رُود۔ تمہٕ سٕتۍ گیہٕ ساری مُود مِتۍ بیٚیہٕ زِندٕہ۔ یِتۍ وِزِ بیٚیہٕ لوٚوہٕ کوٚش
شری رامن گرٕہ۔

پتہٕ بیٚلہٕ سیتایہٕ زارٕ پارٕ کٔرِتھ اجودیایہٕ نیٚکھ۔ تتہٕ دوپُس شری رامن
بیٚیہٕ پٔزٕ کرِ میٚنہٕ منٚگ شرد زَر وُنہٕ گٔبھس ثابت۔ سیتایہٕ ہیوٚک نہٕ یہٕ زٲلِتھ
تہٕ ووٚن بھگوانس کُن یہٕ ہی بھگوانہٕ! اگر بہٕ تَتہٕ کھۍ تہٕ میٚنہٕ کھۍ پوٚرٕ پٲٹھۍ شرد زار
چھس ہمیشہ رُود مِتۍ تیٚلہٕ دِپن میٚہ شرات بانس اندر پایہٕ جاے۔ تِندٕ اوس یوٚنے
وَنُن یہٕ شرات پھٔٹ۔ تتھہ گو بارٕ چاک تہٕ سیتایہٕ ژھوٚنٕ تِتھۍ منز دوٚٹھ۔ پیٹھے
زَن سیتا زمینس اندر ژایہٕ نہٕ زمینہٕ گو بیٚیہٕ واٹھ۔ تَوَے پتہٕ ہیوٚک نہٕ شری رامہٕ
زیادٕ دِنس تیٚتھ دُنیاہس منز رُوزِتھ۔ اجودیایہٕ ہٕندۍ لوکھ سٕتۍ ہیٚتھ کھوت
دُنیاہس پیٚٹھہٕ وے کوٚ نیٚٹھٕ لوکس۔

پرکاش رامنۍ زبان چھہٕ سیٹھاہ آسان تہٕ آزاد طریقہٕ۔ امۍ ہُنز وٲنی چھہٕ
سوٚنہٕ کالہٕ کہ دِیٚنھہ ژھٔپر کرِ بہاوکہ پٲٹھۍ روانی پکان۔ امۍ چھہٕ اصل تہٕ میٹھ
کٲشُر زبان ورتاومُت۔ نہٕ چھہٕ تَمۍ فارسی زبٲنی ہُند نہٕ سنسکرت زبٲنی ہُند بوٚد
پٹھہٕ لوٚد مُت۔ امہٕ ہنز کٲشُر زبان چھہٕ مرانہٕ دِلچسپ بوٚل۔ کُنہٕ کُنہٕ چھہٕ یِمن شہرہٕ
بولہٕ ہِندی شبد نہٕ امۍ منٛز۔ مگر سُہ بوٚل چھہٕ کم زیادٕ زٲوِج بوٚل۔ بِلکُل دِیٚنھہ
منز آنی بوٚل چھہٕ نہٕ۔ احوال چھُن نہٕ زیادٕ زیٚٹھِ رُودمُت۔ مگر کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُس
زیادٕ پہن ژھوٚٹہٕ رُودمُت۔ مِثلن کَھر دِیہ سُند جنگ چھُن دوٚن سطرن منز ختم کوٚرمُت۔
پرکاش رام اوس لیکھتی تہٕ امۍ چھہٕ وۍ منز سیٹھاہ لیکھمٕژ۔ تَوے بیٚیہٕ چھہٕ امہٕ رامایِنس
منز بیٚیہٕ وَنتہٕ ادھیاتمہٕ رامائنکہ پٲٹھۍ لیلا بہٕ دِنہٕ مِژٕ۔ وارِیاہ لیلا یہٕ چھَن سیٹھاہ
زِمیٹھہ راوِ مِژٕ۔

پرکاش رامنہٕ شاعری ہیکو نہٕ بہارنہٕ کِینہٕ بڑین شاعرن ہنزٕ شاعری سٕتۍ
مقابلہٕ کٔرِتھ۔ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُہ امس شاعری ہُند وزن پھُٹان۔ تِمن گوٚ ڈیچھ لیلایہٕ

منتر نمبر ا - پیٹھ نمبر ۹ نہ نمبر ۵۲۹ وغارہ - پرکاش رامن چھ انگریزی بیلیڈ Ballad
کِس طریقس پیٹھ راماینچ کتھ ڈنی مژ نہ منترہ منترہ چھ نِش انگریزی لیرک (Lyric)
کِس طریقس پیٹھ لیلا یہ نہ وَنہ منترہ - واریاہن جاین چھُن اکی کتھ بیٚیہ تہ ہیٚیہ
ڈُنی مژ - اھلیا یہ ہُند قصہٕ چھُن دوہن جاین وٚونہ مُت - وِیشوامیترنِس قصس
منترتہ نہ دنہ داپہ کِس احوالس منتر تہ - تارا آسا اصلی واٗلی منتر زنا نہ کنہِ شکہ بوہ
منتر یہ کتھہ چھُن مشکوک تھوو مُژ - سو رسا آس دراصل ناگن منتر ماج - مگر اُمی چھ
لسند ذِکر نذکرس منتری کوٚرمُت - کُنہ کُنہ جایہ چھُن اشبیل شبد تہ استعمالس منتر اینہ مِتی۔
مثلن اشوک ولس منتر بیھو ما نہ سندس جنگس منتر چھُ وَنان " اُمِن ساری رٹِنتھ تھاوِن
زٚکجہ تل " - رِشوہ لگن کتا یہ منتر چھُن ذِکر کوٚرمُت کھِنہ بولاکہ ہُند - امہِ نِلہ چھُ باسان زِ
اُمی آسہ ہے نہ زیادہ تعلیم حاصل کرمُژ - خاص کرِتھ آسہ ہن نہ سنسکرت زبان نہ سنسکرت
ادب پوٚرمُت - اَمہِ سِندہ رامایہ چہِ زبانی نِلہ چھُ باسان زِ اُمی آسہ ہے ضرور فارسی
زبانی منتر کیٚنہہ نہ کیٚنہہ تعلیم حاصل کرمُژ - جوتش شاستر چہ مثالہ چھُن یتیہِ وَنتہ دِتہ
منترہ - تِمہ نِلہ آسہ ہے اُمی فارسی زبانی منتر ضرور جوتش پوٚرمُت تہ ھلبت جو نِش
آسہ ہے جان پاٹھی زانان - اگرچہ پرکاش رامن چھِنہ زیادہ تھدِ پایچ شاعری لیچھمژ
تمِیُک وَجہ چھُ اکھ یہ زِ اُمِس آسہ ہے نہ تھزر تعلیم میچھمژ نہ دویُم وَجہ چھُ یہ زِ اُمِس
اُس شری رامہ سندہ بکھتی وِہینی گوہ ڈینگ مُدا نہ دویُم مُدا اُوسُس شاعری ہُند۔
لہٰذا گرتھہ نہ یہ زانُن یامانُن زِ پرکاش رامس منتر اوس نہ تھزر شاعری لیکھنک مادہ
سُہ مادہ اوس نِش منتر ضروٗر نہ ضروٗر - کیٚنژن جاین چھُ اُمی سُند یہ شاعری ہُند مادہ ٹھیک
پاٹھی ظاہر سپدمُت - مثلن " ہُری ہرہ کو نہ چھُک درشن میہ ماون " اَتھ لیلایہ منتر
چھ سیٹھاہ تھزر شاعری تصوف چہ ہیچ منتر دِنہ آمژ - بیٚیہ کنی چھ راوٕنس نہ سیتایہ
ہندس سمواد س منتر - بیٚنہ سیتایہ ہندِس تلاشس منتر نہ بیٚیہ جِہہ راونہ سندِس قصس منتر
نہ اِمی فِنیچ شاعری آمژ دِنہ - یہ شاعری چھ ثابت کران زِ نہ پرکاش رامس اوس
الیشرن شاعری ہُند مادہ ضرور بخشمُت - وَن گرتھہ ورہ سیتایہ نہ شری رامہ سُند

سمواد۔ پتہ سیتایہ ہندہ ژورہ ننگ قصہ چھہ سبٹھاہ خوبصورت تہ دِلکش شاعری
منز آمت وننہ۔ یِتھی سوندر شاعری چھہ تتنس ییِنس ہنومان جی چھ اشوکہ ونس منز
سیتایہ ہند درشن کران۔ مہراوتہ سندِس قفسس منز بیٚٹھِ ہنومان چھہ منیٚن نیچھوین
وُچھان۔ تہ قصہ تہ چھہ شاعری ہندہ نقطہ نظرہ کنہِ سبٹھا سوندر۔ راوِنس ماریتھ یوسہ
ذکر سیتایہ متعلق شری رامہ سندین وِچارن ہنز روان چھہ سوتہ چھہ تھزہ شاعری
ہُند اکھ جان موٗنہ۔ یِتھے موٗنہ چھہ سیتایہ ہنزہ اگنہ پریکھیایہ ہُند ذکر۔ یمہ تصدیقہ
تلہ چھُہ یہ صاف ظاہر سپدان زِ پرکاش رامس منز اوس تھزِ شاعری لیکھنک
جان مادہ۔

لوکہ بَش ژرہ ستن منز تہ چھہ واریاہن جاین سبٹھاہ تھدہ درجہ چھہ دلکش
شاعری ہندی موٗنہ میلان۔ مثلن لوٗس تہ کوشس وُچھیت یُس اثر شری رام ہینزِ
ژوہ وچنی باین ہندِس دِلس پیٹھ چھہ وارِہ وارِہ پیوان تمیُک ذکر چھہ پرکاش رامن
سبٹھاہ سوندر طریقس منز کورمُت۔ خاص کرِتھ چھُہ لوکہ شن تہ لکھمن جیوُن جنگ
سبٹھی دلچسپ۔ تمہ پتہ بیٚیہِ سیتا چھہ وُچھان زِ شری رام ہینزہ گیہ امرتہ رُووہ
ستنی ہیٚیہ ریندِہ تہ تمس چھُہ غم سورے ژلان تہ یُس لولہ نار تمس تمہ وِزہ دزان
اوس سُہ چھہ یکدم ناراضگی منز تبدیل سپدان۔ تُسند تھنی ہیو وگلوومُت دل چھہ یکدم
فولاد ہیو سخت بنان تہ سوچھہ رِشی بارِہ منز بردِتھ بہان تہ رامہ جوس چھینہ بُتھ
ہنُ ہاوان۔ سُہ چھہ دروازس پیٹھ نیبرہ کنہ تہ سو چھہ اندرہ کنہ۔ دوشوے
چھہ تمہ وقتہ پانہ وانی سبٹھاہ سمواد تہ گفتگو کران۔ سُہ سمواد تہ چھہ خوبصورت
تہ جان شاعری ہُند اکھ دِلکش موٗنہ۔ سیتایہ یُس لوٚڈ بارہ فخر اوس ہینِس بشروتزس
پیٹھ تمیُک درشن چھہ اسہ سبٹھاہ تھزہ شاعری ہندِس رنگس منز تمہ وِزہ سپدان
ییمہِ وِزہ سو زمینس منز غائب گژھنک ارادہ چھہ کران۔ تتھ موقس پیٹھ چھُہ تُسند جگر
شری رامہ سندہ جگرہ کھوتہ سبٹھاہ تھوٚدٕ ہیو ومُت پرکاش رامن۔

علی محمدن یُس ایڈیشن ییمہِ لوکہ شن ژرہ تک چھپو ومُت چھُہ تتھ منز چھہ

اَکھ لیِلا "یادن وَندہ یو زُوتے جان،" شروعس منزٕ یوٗہ سہ زن پنٕنہ کتابہ
لیکھن والیو لکھار یو انہٕ منزٕ ٹھُمٕتٕھ چھ باسان ۔ نہ کیازِ یہ لیِلا چھ نہ تِمٕن وٕنِشہٕ
ناتھن ایڈیشنس منز کینٛہہ نہٕ نہ چھ گریئرسن صاحبنٕس ایڈیشنس منزٕ ۔ انٕھہ
لیکھِمٕتین رامایٖن منز نہٕ چھ نہٕ یہ کینٛہہ نہٕ ۔ بینہٕ چھ اَتھ لیِلا یہ منزٕ واریاہ تِتھی شارہ
یمن ہُند وَزن صحیح چُھنہٕ ۔ تکُ نہٕ چھ واریاہن شارن منزٕ غلط ۔ علی محمدہ نِس
ایڈیشنس منزٕ چھ اَکھ لیِلا یوٗہ سہ زن دون جاین چھ دِتہٕ متٕھ ۔ لکایہ ہنٛدِ جنگہ کِس
خاتمس پیٹھ نہٕ نہ لَوکُش ثر بنہ کِس خاتمس پیٹھ نہٕ ۔ سوٗہ لیِلا چھ دو بینیہ وٕلہٕ
سون رامہٕ ژٕندرو" یوزوے نہٕ یہ لیِلا گُرٕتھ اکسی جایہ آسٕنی ۔ لَوکُش ثر بنہ سینٛتۍ
چُھ دراصل رامایٖن پوٗرہ سپدان ۔ امہٕ ورٲے چھ اَڈہ لیوک روزان ۔ انہٕ معاملس
پیٹھ ونو بینہٕ نہٕ بروہنہ کنہٕ یوٗہ کتھ منزٕ ییتھ منزٕ نندہ لال رازدانہٕ سِنزِ کتابہ ہِنٛدِ نہٕ
ذکر بیِیہ مُفصل پاٹھۍ کرِہ ۔ انٕھہ لیُوکھمُت اَکھ رامایٖن سپدیوا سہ کوٗلہٕ گامی تحصیلس منزٕ
لوگامہ کِس اومکار ناتھ کولہ سندہ مدتہٕ کنۍ دستیاب ۔ سُہ رامایٖن چھ کاتُرسی وسیٛمبر
ناتھ بٹن ۲۰۰۰ بکرمی سنس منزٕ کریو گامہ کِہ اکہ پرانہ نقلہ پیٹھہ نقل کورمُت ۔ وُنکینس
چھ سُہ وسیٛمبر ناتھ کول داجن گامس منزٕ روزان ۔ رامایٖنکین وارہ یاہن مشکوک
باتن کوٗر رامہٕ انٛتھ انٕھہ لیکھِمتِس رامایٖنس سینٛتۍ نہٕ مُقابلہ تہٕ کُنہ کُنہ جایہ دیُت
اَمی رامایٖن کم زیادہ مدد صحیح لفظن ہُند فیصلہ کرنس منزٕ ۔ انہٕ راماینس تہٕ
چھپیمٕتین رامایٖن چھ پانہٕ وٲنۍ سیٹھا اختلاف ۔ رامایٖنک کریٹکل ایڈیشن تیار کرنس منزٕ ہیکہ
یہ رامایٖن سیٹھاہ مفید سپدِتھ ۔ پرکاش رامن یُس فلسفہ رامایٖنس تہٕ لوکُش ثر بنس منزٕ ونو وُنمُت چھ سہ چُھ نہٕ
شنکر آچاریہ سُند ویدانت نہٕ چھ سُہ کشیر ہِنٛدِ فلسفہٕ شِو ۔ فلسفہ شوِ چھ وحدتک اصول پوٗرہ پاٹھۍ
مانان ۔ پرکاش رامن چھ یِنہٕ رامایٖن دراصل اَدیاتمہ رامایٖنس مطابق بنوومُت ۔
اَدیاتمہ رامایٖنک فلسفہ چُھ وِشنو فلسفہ یمیُک چلاون وول رامانج آچاریہ اوسمُت چُھ ۔
یتھ منزٕ چھ رامہٕ پنٕج کتھ تہٕ دُنہ متھ تہٕ منزٕ منزٕ چھس لیِلا یہ تہٕ ونہٕ متھ ۔ یمن منزٕ زن فلسفکی
اصول نہٕ چھ وونہ آمتی ۔ پرکاش رامن نہٕ چھ تِتھے پاٹھۍ منزٕ منزٕ لیِلا یہ ونہٕ متھ ۔

ویشٕو فلسفہ چھُہ نہٕ وِیدانتک ہیُو وحدتک اصول اَمہ مانان۔ نہٕ چھُہ سانکھیہٕ وغارٕہ شاسترن ہنٛد ہیُو دٕیُی ہُند اصول مانان۔ بلکہ چھُہ یہ مانان زِ دوٕیی چھےٚ ضرور، پزٕ نہ تِتھ دٕیی منز چھےٚ وحدت نہٕ پزٕی۔ یتھٕ کٕنی زن اَکِس دآئس منز چھےٚ واریاہ پھلی نہٕ پزٕتھ کانٛہہ پھوٚل چھُہ پننہِ الگ الگ ہستی تھوان۔ تِتھےٚ کٕنی چھےٚ بے شمار زیُو نہٕ زگتھ پرمیشورس منز موجود نہٕ پزٕتھ کانٛہہ زیُو نہٕ یہ تھ کانٛہہ زگتھ چھُہ پننہِ پننہِ الگ الگ ہستی ضرور تھوان۔ ساری چھےٚ اکھ اَکِس نِشہٕ مختلف۔ مگر سمٕتی چھےٚ یہ کتھ نہٕ پزٕ زِ اَکِس دآنہٕ کس رٮ۪ٹِس منز چھےٚ ساری پھلی وغارٕہ بالکل کٕنی نہٕ اکہ دآنٕچ وحدت چھےٚ اکہٕ پزٕ ہستی۔ تِتھےٚ کٕنی چھےٚ ساری زیُو تہٕ ساری زگتھ اَکِس نارآین ہنٛدِس وِشال تہٕ لاحد رٮ۪ٹِس منز بالکل نارآین رٕیتھ نہٕ اَکِس نارآینہ سٕتی منز وحدت نہٕ چھُہ ضرور راکھ پزٕ۔ پرٕکاش رامن چھُہ نہٕ رامایٕنس منز زیادٕہ فلسفہٕ وونمُت۔ صرف بعض مہراونہٕ سندِس قصس منز کم زیادہ فلسفی شاعری وٕنہٕ مٕنز تہٕ تمہٕ شاعری نِشہ چھےٚ ویشٕو فلسفہ کی اصول ظاہر سپدان۔ راونس سٕتی جنگ کرنہٕ ورزٕہ یوس لیلا چھےٚ واندرگران تِتھ لیلایہ منز چھےٚ فلسفہٕ شوکی تہٕ کٕینہ اصول ظاہر سپدان یِمہٕ نِشہ یہ نتان چھُہ زِ اَمہ لیلایہ ہنٛدِس لیکھن وٲلِس آسہ ہے ضرور کاشِہ شیو سِنتس سٕتی تہٕ سماگم سپدمُت۔ تمہٕ لیلایہ ہُند شروع چھُہ "نشکلہ نشکامے۔ جن کرامہ رامے" تتھ متعلق چھُہ اَسہ پنٛنین بزرگن نِشہ بوزمُت زِ یہ لیلا چھےٚ دراصل کٕنی تانتی: واسہ کاکن بنأومٕژ یس زِن بڈٕہ گامی تحصیلس منز ناگمہ اوس روزان۔ پرٕکاش رامن چھےٚ یہ لیلا پننِس رامایٕنس منز تھأومٕژ۔ چنانچہ نٕنہ چھُہ اَمہ لیلایہ ہنٛدِس اَندس پیٹھ صاف وونمُت۔ — "بھکتنو وٕنی واسہ دیون — ویشنہٕ پاد مِنہٕ سیون — اَمرگرِتھ نارآین۔ سوہ پرٕکاشہ رامہ رامہ" لہٰذا چھُہ سانین بزرگن ہنٛد وَنُن تہٕ پۆز تہٕ پرٕکاش رامس پیٹھ تہٕ چھُہ نہٕ ادٕ یہ چہ ژُورِ ہنٛد الزام کھسان۔ یمِس آسہ یہ لیلا پسند آمٕژ تہٕ تٔمے آسن واسہ کاکُن ناو دِتھ رامایٕنس منز شامل کٕرمٕژ۔ یہ چھُہ ماوان پرٕکاش رامنی قدر دآنی۔

پرکاش رامس چھہ جنگلہ کِن خود رو پوشن سِنٛزٕ سیٚٹھاہ دِلچسپی آسمٕژ۔ توٚرے چھُن جایہ جایہ مَن ہُند ذِکر کوٚرمُت تہٕ مثالہٕ دِژٕمٕژٕ۔ کشیرِ ہُند نہٕ چھُ یتھ کانٛہہ پریم اوسمُت۔ توٚرے چھُ یُس دشرتھہ سندِ ن دیلاین منز ہیرہ موکھہ گنگا بہِ ہیٚنزٕ بانٛزابہٕ ہُند وستاپہ پاٹھی ذِکر کوٚرمُت۔ سیتا یہ ہُند زمینس منز غآیب گژھنک قصہٕ تہٕ چھُن ملہٕ نووِمُت شنکرپورِکس شنکریشن ناگس سیٖتۍ۔ پرکاش رام اوسمُت چھُ کرٛہی گامُک روزن وول۔ کرٛہی گوم چھُ قاضی گونڈٕ پیٹھہٕ ڈالے میل جنوب کُن پالس نِش اکھ لوکُٹ گام۔ وٕنۍ تھۄرہ کِس بٔنٛھس پیٹھ۔ کرٛہی گامہٕ چھہ زنڈکا دیوی تہٕ گنیش سنز جاے۔ گامُس ہیوٚر کُن چھُ اکھ ناگ یتھ ناگہ رٕڈ چھہ وَنان۔ تتہٕ نہٕ چھہ اکس دیوی ہنز جاے۔ یتہٕ ہیوٚر چھُ واسک ناگُک علاقہٕ یتھ زن کوہنڈ چھہ وَنان۔ کوہنڈ کِن پہاڑن منز چھُ اکھ تہٕ کوٹ پربت یتھ ترٛیہ تھنگی چھہ۔ تمہ لُو کٕنۍ چھُ اکھ نار یتھ سہ نند رہو نار وَنان چھہ۔ دپان چھِ انہ تہٕ کوٹ پربتس پیٹھ چھُ ترٛہ پورٕ سہ نندرہ ہُند اصلی مکانہٕ۔ یتھ کُن ہنتھ کرتھ چھہ دیوہ سرہ کھنہ برنہ ہنز جایہ دیوی ہنز تُوپزا کرنہٕ یوان۔ برٛنی گیہ ڈنڈی۔ تہٕ دیوہ سرہ آسہ بھگوتی ہنزٕ دربار چھہ ڈیڑہ ہنز جاے تہٕ بھگوتی ہُند دربارہ خاص آسہ ترٛہ کوٹ پربتس پیٹھ۔

دیوہ سرس اَندۍ پکھۍ چھہ لوکھ دیوی ترٛہ پورہ سہ نندرہ ہندۍ سیٹھاہ پکھنۍ تہٕ بہٕ چھُس سیٹھاہ مُمکِن زِ پرکاش رام تہٕ آسہ ہیے تِمند اکھ خاص پکھنۍ۔ تہٕ کیازِ تِمندۍ ہیٚنزِ پنٕ تِمند احوال چھہ وَنان تمہ کنۍ چھہ یتھ ناگہ رٕڈہ ناگچ دیوی آسہ منز گوو۔ تم چھہ دپان زِ پرکاش رام اوس گامس منز پیٹھ وآری۔ اکہ دوہہ اوس سیٹھاہ رود پیوان تہٕ سہ اوس گامہ کِس سکس پیٹھمِس کونس پیٹھ تہٕ تمۍ وُچھ اکھ زٔنانہ یوان۔ یتھ گوشک زِ بہٕ آسہ کانٛہہ لِکِن خانہ ہنز کاہنہ نوش۔ زٔنانہ والو گوٚہس آلو تہٕ زٔنانہ واجہ تُل تمبک پردہ۔ تتہٕ وُچھی تمۍ ساکھیات بھگوتی زٔنانس منز۔ یہ درشُن وُچھنٕ گوٚس سیٹھاہ آنندس منز مو۔ دیوی دفن ہنس زِ بگاہ صُبحس گژھہ تودۍ پنۍ سیٖتۍ وُنِتھ گیہ زٔنانہ سان دیوی غآیب۔ پرکاش رام

گو آنندس منز گن نہٕ آنندہ چہٕ مستی منزی ژاوکہٕ ۔ رانتھ کیتھ کھیلبیس دکھری نہٕ
ڈِن دِیوی ہیٖنز لیلا بیمیک گوڈٕ نیک پدچھہ " بزاری گوش نھوم تہِ ہی بوآنی "
یہٕ لیلا چھہ کاشرِن ہٕنٛن منزوٕ نِہ تہٕ سیٹھاہ مشہور تہٕ ہر دل عزیز۔ واریاہ چھہ ڈُنہ
یہٕ لیلا پرہہ سان گیوان ۔ پرکاش رام کھوت صبحن سُلی ناگہ رڈہ ناگ تہٕ تتہٕ وُچھن
بوڈ بارہ ووہ نسو نیہ منز سیٹھاہ پژھی وُچھن آمتو ۔ نیٛ کرٕ تتہٕ ووہ نسوٕس منز سیٹھاہ
کام ۔ بتہٕ سیٖنُ باگہ روٗن سیٹھاہ ۔ ووہ نسو موہ کہ لبٕ دیوتہس اکھ مانچھہ لوٗر
بیٚس نیٛ گرہ اوٗن تہٕ سارنی باگہ روٗن ۔ امہِ وقتہٕ اوس پرکاش رام اٹھو وُہ ؤہر
امی دوٚہ پیٹھہ ہیٚژن نیٛ شاعری کرٕنی تہٕ اکہِ اکہِ لیکھن نوٚ مہ کتابہ

(۱) رامہ اوتارہ ژربت } یِمہٕ زٕ کتابہٕ چھہ راما ینہٕ چہٕ سارِسی دلیلہِ ہیٹھ
(۲) لوکوش ژربت } لیکھنہٕ آمٕژٕ ۔
(۳) کرشنہٕ اوتار ۔
(۴) اکہٕ نندُن ۔
(۵) شِوہ لگن ۔

یِمو کتابو علاوہ لیچھن کینہہ لیلایہ یِمو منزٕ گوڈنچہ لیلایہ ہُنٛد ذِکر آو ہیٹھہ کرنہٕ۔
پورہ راماینکی آسی نیٛ پننہِ اتھہ زٕ نقل لیکھمٕتی ۔ پرکاش رامہ سندس بآیے سُنٛزہ
کورِہ ہٕنٛز کور آس اکن گامہ باگنی آمٕژ۔ تمہ ؤی اکِن گامہ کیو ہیو اکہ نقل نقل
تُلنہٕ باپت بیُٛ زن نہٕ تمو پننہِ زانہہ واپس دیژن ۔ وُنی کینس چھُہ سُہ نقل اکِن گامہ
یو نہٕ پورہ کس نندہ لعل راز دالس اتھہ ۔ پیٛ کتھ کرو بہ وتھہ پتہن لوٚد کتھہ منز۔
دویم نقل تہٕ باقی سارے کتابہ آسہ کرٕی گامہ پرکاش رامہ یِن سنتان اتھہ ۔ تتہٕ لوٗگ
اکہِ لٹہ گامس نار تہٕ تتھی نارس منز دزٕ تمہ سارے کتابہ ۔ یِمن کتابن ہِندی نقل آسہ یِن
واریاہو نُلی ہنی مگر وُنہِ کینس نام آو نہٕ کانہہ تہٕ نقل گُنہ تہٕ اتھہ ۔ پنڈت زنار دن چھہ
دنان زٕ اکہٕ نندُن تہٕ شِوہ لگن نیٛہ سرینگرٕ کی اکِ بٹن تہٕ کرشنہ اوتار تہٕ آسہ اکِن
گامہ کینہن نش شاید موجود ۔ ممکن چھُہ زیادہ تلاش کرنہٕ سِتی میلہِ کُنہ کُنہ کانہہ کانہہ

تلاش کران کران سمکھیہ میہ اُکن گامہ منزل وۄنہ اکھ ستِ زن ییس زن پنڈت پرساد کاک وانُن چھہ وَنان۔ یمس چھیہ پرکاش رامنہ سارے کتابہ کُنہ حدس تام یاد۔ تمہ علاوہ تہٕ چھیس واریاہ کاشرہ لیلا یہ ژ ینس۔ سُہ چھہ وَنان زِ رامائن نہ اکہ نُندُن چھہ بلاشک پرکاش رامُنے۔ مگر گرشنہ اوتارس تہٕ شوہ لگنس متعلق چھہ تس شک زِ یِم چھا پرکاش رامن لیکھمتی کِنہ بێیہ کانسہ۔ پرساد کاکن ڈیُٹ رامائن ایڈٹ کرنس منز سیٹھاہ مدد واریاہن مشکوک جاین ہیوک میہ نہ اصلی شبدن ہُند فاصلہ تسندِ یاد داشتہ کِنہ پننی کرتھ۔

پرکاش رامہ سِنِس ماکس اوس ناو میرزہ پنڈت۔ پرکاش رامُن ننچو گیوٗ واریاہ زمانہ بندی کینہہ شری زناردن بیترہ وۄنہ زندہ چھہ۔ پنڈت زناردن چھہ وۄنہ کینہہ شیٹھہ وُہر پنڈت زناردن چھہ وَنان زِ ییمہ نقل اَکن گامہ کیوٗ ہیوٗ تتھ اوس ۱۸۰۴ سنہ بکرمی لیکھت ہِنہ نلہ گیہ اتھ رامائنس ییمتس تقریبن نہ ہتھ وری۔ ییمہ وقتہ پرکاش رامن رامائن لیوٗکھ تمہ وقتہ اوس سُہ اَٹھوُ وُہہ وُہر۔ شری زناردن چھہ وَنان زِ یہنہ رُود سُہ ہزن وری زِندہ نہ ترہِچ مہ وری ہِو کرتی اکھ نٔنی کرامتھ۔ دہہ دہ سکانہ منزہ کوڈُن روپیہ ژوڈ ہبر۔ تتھ پتہ گیس دیوی سیٹھاہ ناراض تہٕ ذومنِس دوہ نی مہ روز دُنیاہس منز تہٕ تمہ پتہ گوسہ سو ٹیکہ واس۔ گریِن چھہ وَنان زِ پرکاش رامن اوس دوا کرِ پرکاش بٹہ نا وۄنہ یہ اوس منز گرِس منز روزان۔ تمہ وقتہ ییلہ سوکھ جو اوس راج کران۔ مگر یُہ چھہ نہ امہ کتھہ ہُند کانہہ ثبوت دِیتمت۔ یُہ چھہ شاید تی لیوٗکھمت یہ زان تمہ شہرِس منز بوزمت آسہ۔ مگر پرکاش رامنہ زنتیمہ بیترہ ہیٚندی سندان چھہ وۄنہ مُوجود کُری گامس منز نہ بێیہ چھہ پرکاش رامن رامائن منز سیتاہ یہ ییس زمینہ منز غائب گژھہ نہ کس قصس منز اشارہ ییمہ کورمُت زِ سُہ اوس کُری گامس منز بوزان یُہ چھہ تسنہ وۄنہ مُت "گرٕہہ اکھ اوس تورٕ تام از کُری گام" تہٕ "میہ دوپس ہی سنی سیتا ہبر ہبر۔ چھہ پاران رامہ جو کورنس سیٹھاہ ژیہ" بیترِ امہ کِنی چھہ سُہ یقینن کُری گامُک اوسمُت۔ سوکھ جونُن وقت چھہ پان ۱۷۵۴ سنہ پیٹھہ ۱۷۶۲ سنہ

مانِہ - مگر وۄنی چھُ سوال یہ ووتھان زِ اگر یہ ۱۸۰۰ بکرمی سنس منز مانون نہ یِلہ کِتھہ کنی گرٛھن زِ ڈاے ہتھ ؤری ترٛتیٛو بیہرٕ منز ختم - چونکہ پنڈت زنار دن چھُ نہ کینہہ شُبہٕ وُہر - سُہ آسہ ۱۹۰۴ عیسوی سنس منز زامُت - اگر زن تسند مول شری سہز رام مانون تمہ وقتہٕ زیادٕ کھوتہ زیادہ ژتجی وُہر نہ تیٛلہ آسہٕ سُہ زامُت ۱۸۶۴ عیسوی سنس منز - اگر تمہ وقتہٕ تسند مول پرکاش رام زِ مانون ژتجی وُہر نہ تیٛلہ آسہ سُہ زامُت ۱۸۲۴ عیسوی سنس منز نہ رامائن آسن لیٛوکھمت ۱۸۵۴ ہس قریب - سُہ گوو کھہٕ تُجو نہِ وقتہٕ ہنہ تقریبن اکہ ہتہٕ وُہری - ۱۸۰۴ سنہ بکرمی گو ۱۷۴۷ عیسوی - اگر پنڈت زنار دنُن یہ ونُن پوٗز چھُ زِ پرکاش رامہ نہ اتھ کُن رامائنس چھُ ۱۸۰۴ سنہ بکرمی دِتھ - تیٛلہ چھہ مُمکن کینہہ غلطی تیمہ کنی سُہ چھُ ہاپس پرکاش رامُن پنُنہٕ وُنان - تمہ حسابہ گرٛھہ سُہ پرکاش رامہٕ سندِ بیٹھہ کم از کم شیٛیمہ سُنتمہ بیہرٕ ہندِ اُن ۱۸۰۴ سنہ بکرمی چھُ گریرسن صاحبہ نہ رائیہ ستی وائھ کھوال - نہ کیازِ پرکاش رام چھُ رامائن لیکھنہٕ ہنہ نہ تقریبن ترٛہن ؤرِین زِندٕ اوسمُت نہ تسند وقت چھُ تمہ تلہ کم از کم ۱۷۰۰ سنہ عیسوی آم وانان - تتھہ منز ہیکہِ سوو کھہٕ تُجون وقت ۱۷۵۴ سنہ بیٹھہ ۱۷۶۲ سنہ بیٹھ شری گوپی ناتھ لعل سنز کشمیر تھرو ایجز (Kashmir through ages.) کتابہ منز چھُ سوو کھہٕ تُجون وقت یہوے آمُت مانِنہ - مگر ترٛنہن بیہرٕ منز زِ ڈاے ہتھ ؤری گرٛزن چھُ اتھ کتھہ منز شک پادہ کران - لہٰذا آسہ پنڈت زنار دنس سنہ یادٕ تھوٚنس منز ضرور غلطی - رامائنہ کہ تصنیفک سنہ آسہ درحل ۱۹۰۴ بکرمی - اتھ بیٹھہ ترٛاوو بیٛیہ روشنی برونہہ کُن نوو کتھہ منز -

پرکاش رامن اوس رامائن فارسی اچھرن منز لیٛوکھمُت - گوڈنیچ لٹہ چھپاوِیو وٕ ۱۹۱۰ سنہ ہس منز دیشہ ناتھنی پریسن فارسی اچھرن منز - تمہ پتہ چھپوو انگریزی اچھرن منز گریرسن صاحبن ۱۹۳۰ سنہ عیسوی ہس منز - یمن دۄن ایڈیشنن چھُ واریاہ اختلاف - فارسی اچھرن ہندِس رامائنس چھُ کُل ۲۵۴۰ شلوک - مگر گریرسن صاحبنس منز چھہ صرف ۱۱۳۷ بیٹھی حال چھُ لوکٕ شُد نیٛنگ نہ - یہ چھُ ممکن زِ ہوا نہٕ لیچھمِشر و کتابو پیٹھہ گریرسن صاحبن

رامائن تُل تہٕ آسہٕ ہن نہٕ کُنہ مختصر پاٹھی نقل کرنہٕ آمتہٕ تہٕ نوٚو آسہٕ ہٮ۪ن منٛز شلوکن ہُند تیداد کم ۔ یہ تہٕ چھُ ممکن زِ وِیشہ ناتھ پرین یتھ کتابہِ مطابق رامائن چھپوو تتھ منٛز آسہٕ ہے نقل لیکھن والیو سٮ۪ٹھاہ رِلاوٹ کٔرمٕژ ۔ منزل وٕنہ کِس پنڈت پرساد نامس چھہ رامائن چھ وارِیاہ زمہٕ لیلا یہ تہٕ یادہِ زن گریرسن صاحبن سٕندِس راما ینس منٛز چھنہٕ میلان ۔ تمو لیلا یو منٛز چھ کینہہ تِژھہٕ تہٕ یمن منٛز وزن تہٕ شاعری ہٮ۪نز نزاکت ترٛژھہ چھہ نہٕ پرہ پرکاش رامہ سنٛزِ رامائنس میٛنٛزن جاین چھ ۔ تمہٕ کِنہِ چھُ بابسان زِ یمہٕ لیلا یہ آسن پتہٕ نقل کرن والیو اتھ منٛز ژارنہٕ مژٕ ۔ مگر دوٚیم کتھ چھہ یہ زِ ادھیاتمہٕ رامائنس مطابق چھُ پرکاش رامن لُبُو کھُ مُت تہٕ ادھیاتمہٕ رامائنس منٛز چھ وارِیاہ پرٛژھن جاین تو تایہ یمن مطابق پرکاش رامن تہٕ آسہٕ ہن ضرور لیلا یہ لیچھہ مژٕ ۔ لہاذا چھُ یہ تہٕ ممکن زِ یو دُورِ کھوکو کو پرکاش رامہ سنٛزِ رامائنکی نقل ٹلہٕ منٛز آسہٕ ہن تمو آسن تمہٕ تمہٕ سُطرہ تہٕ تمہٕ تمہٕ لیلا یہِ ترٛاوِتھ ژھنہٕ مژٕ یمہٕ نہٕ یمن سوہ ندر باسییہ یا یمہٕ تمو فارسی اچھرن منٛز صاف پاٹھی پرتھ ہیٚچہ نہٕ ۔ کُنہ کُنہ جایہ چھہ سٮ۪ٹھاجان شاعری ہندی نوٚنہ تہِ تتھی یم زن فارسی ایڈیشنس منٛز چھہ موجود مگر انگریزی ایڈیشنس منٛز چھہ نہٕ کینہہ تہٕ ۔ امہِ کِنہِ چھُ سُہ کتھ تام مختصر بنا وِنس نقلس مطابق چھپا وِنہٕ آمُت ۔ حال حالی چھپو و یہ رامائن ترٛجمہ لیتھ فارسی اچھرن منٛز جنہٕ کدلکی علی محمدن ۔ تمہِ چھپو و دِیشہِ ناتھنہ ایڈیشنک نقل ۔ وُنی کینٛہ ایڈیشن یس زن تقابلی ایڈیشن کس صوٗرتس منٛز کشیرہِ ہنٛزِ کلچرل اکادمی چھپو و ۔ چھُ یمہِ رامائنکہ گوڈنیک ایڈیشن

وِیسہِ اوس شری وِیشنہٕ کول اکھ سٕت زن یمہِ زن ۱۹۱۸ سٕلہ ہس منٛز اکھ نوٚو کاشُر رامائن لیچھو و ۔ تتھ چھُ ناو تھوو مُت وِشنو پرتاپ رامائن ۔ سُہ رامائن چھُ پرکاش رامہ سنٛزِ رامائنہٕ کھوتہٕ سٮ۪ٹھاہ بوٚڈ ۔ مگر وُنیک تام آو نہٕ سُہ چھپاوِنہٕ کینٛہ ۔ وُنہٕ کینٛس چھہ سُہ رامائن سرینگرہ شری وِیشنہٕ کولہٕ سنٛزِ نیچِوِس شری ادمکار ناتھ کول عرضی نویسبس نشہِ سرینگرہ چھہ کینہہ لُوکہ وَنان زِ ترٛجمہ کاشُر رامائن اوس شری شنکر رامائن یُس زن سرینگرہ شنکر جو تریسلن اوس بنوو مُت ۔ تِم چھِ وَنان سُہ رامائن چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ مولوم زِ موجود چھا کانسہِ نِش کِنہٕ نہٕ ۔ تتھ رامائنس متعلق تلاش تہٕ کھوج کرِتھ نیٚو اسہِ زِ سُہ رامائن چھُ پلوامہ تحصیلس منٛز پسل گامس منٛز پنڈت آنند رام تریسلن بنوو مُت ۔ وُنہٕ کینٛس چھُ سُہ

رامایِن تِتھی گامُت منز پنڈت دیناناتھ رسلس تین موجود - لہٰذا چھُ باسان زِ سرینگرِ
کین وِنِن والین آسہِ امہِ رامائنکِس بناوَن والی ہندِس ناوس متعلق ضرور غلطی امہِ
رامائنُک ناو نہ چھُنہ شنکر رامایِن بلکہ چھُ "رامہ اوتار برتہ کشمیری" یہ کھوج کرنس
منز نہ ووت اسہِ بوگا مہِ کس اومکار ناتھ کولہ سُند سیٹھاہ مدت - ژوٗریم کاشُر
رامایِن چھُ موضوع ڈیبا گاندر بلکی شری نیلہ کنٹھ شرماہن بنوومُت - سُہ چھُ تِمن نِش موٗجود
نہ تتھ چھُ تِمو ناو تھوومُت رامایِن شرما - یِمو ترٚیو رامائنو منزہ چھُ نہ کانہہ اکھ تہ ازتام
چھپاونہ آمُت - پرکاش رامہ سُند کتابو منزہ چھُ ازتام زٕ کتابہ ترٚیہ لٹہ چھپاونہ
چھپاونہ آمٕژ - تِمہ گیہِ رامایِن یعنی رامہ اوتار ژریت تہ ۲ لَوکُش ژریت -
باقی ترٚیہ یعنی (۱) اکہ نندُن (۲) کرشنہ اوتار تہ (۳) شِوہ لگن چھہ نہ ازتام ناہہ تہ
چھپاونہ آمٕژ - اکھ کرشنہ اوتار لیلا چھُ سرینگرِ کی شری دیناناتھن بناوٕہ شروہ
چھپاوٕ اکہِ پھیرِ گریرسن صاحبن انگریزی اچھرن منز تہ دوٚیمہِ لٹہ چھپاو یہ سرینگرِ
منزی کمٕہی تام اردو اچھرن منز یِہ سہ زان مٔیہ لعہ کہ یارن منز چھیہ نظرہ گمٕژ - شِوہ لگن تہ
کرشنہ اوتارس متعلق ہیکو نہ وُنہ صحیح پاٹھی کینہہ تہ وَنتھ زِ ہم چھا پرکاش رامن
یزی پاٹھی لیکھمٕژ کنہ کنہِ ہندی تیٚژی چھیہ بینِہ ٹرونان - اتھ پیٹھ چھُ مزید ریسرچ
کرنٕچ ضرورت -

پرکاش رامن اوس رامایِن فارسی اچھرن منز لیوکھمُت - تِمکی نقل آسی
کینژو فارسی اچھرن منزی تہ کینژو شارِدا اچھرن منز تِلہ منٕہ - تِمہ نی نقلن مطابق
چھپاو یوٗو وشِہ ناتھ برسِن تہ گریرسن صاحبن - یہ چھہ ساری زانان زِ فارسی
اچھرن تہ شارِدا اچھرن منز چھیہ نہ کاشُر لوان صاف تہ صحیح لیکھنہ - امہِ کنی آسہ
ہن نقل کرن والین تہ سیٹھا غلطی گامٕژ - چھپاون والین آسہِ ضرور سیٹھاہ
مشکل پیو مُت زِ رامائنُک صحیح پاٹھ کیاہ چھُ تہ وارِیاہن جاین آسن تِمن تہ
سیٹھاہ غلطی گامٕژہ - وُنہ تہ چھُ وارِیاہن جاین شک گژھان زِ اصلی تہ صحیح شبد
کیاہ چھہ یم زن پرکاش رامن وُنہ منٕز آسی - یِمن تِمن جاین کور میٚہ وشِہ ناتھ پرئیک

نہ گرِیرِ سِنہٕ نہٕ چھاپُک تہٕ انِھٕ لیکھمتین راماین ہُند ٹھیک پاٹھۍ مُقابلہ۔ تیٚتھ جایہٕ
نو تہٕ شکھی ژُود ننھ جایہ ہیوٚت میٚنہ منزل دیٚنکس شری پرساد کاکس سیٹھاہ مدد۔
لُنُد مدد ہیٚنھ تہٕ ژُود کُنہ کُنہ جایہ کم زیادہ شک۔ تیُٚس راماین حال حالی
علی محمدن ہیٚپوو مُت چھُہ سُہ چھُہ تیٚتھین دوٚن چھاپی راماینن مطابق چھپاونہٕ
آمُت۔ لہٰذا چھُہ نہٕ تمِتھ منز کانہہ نو کتھ۔ بلکہ چھیس وارِیاہن جاین
ہتہٕ ہتہٕ غلطیہ نہٕ ہیٚہ زن نہٕ پٔتھمین دوٚن کینہ چھُہ۔ وُنی کینس ییٚں یہ پرکاش مُتُن
راماین تِھہر بڑوٚنہ کُن تیٚشس چھُہ پیدان انِھ منز آیہ یُٚت بہ تیٚوت
غلطیہ دُور کرنہٕ ۔

# نۆکتہ

پرکاش رام گُری گامی سِنٛدِ راماینک نَہ لوکہ شِ ژرینک وُنہ کینہک ایڈیشن پُورہ تیار گرِتھ نَہ گوٚڈہ کتھ پُورہ لیکھِتھ آو مٮ۪ہ موقہ اَکِن گوم بوٚہ نَہ پُورگرِ ھنس نَہ پرکاش رامہ سِندِ آشناون سٟتی کتھ باتھ کرِتھ۔ تِمہ گوس بہ نِندِہ لعل راز دانس تہ تسِندِس بأبِس اَنِش۔ تِمو ما ونہ کینہہ تنگ دلی۔ بلکہ تھاوِکھ پرٲنِہ کتابِہ ہندِی بوہچہ مٮ۪ہ بروٚنہہ کنُ۔ مگر افسوس چھُہ یِمہِ کِتھہ مُندِ رِ ہ تِمو بوہچو منٛترِ ڈرٲو نَہ پرکاش رامنِہ اُتھک رامایِن کینہہ تِہ۔ صرف ڈرٲوِ اکھ قلمی رامایِن یُس ژن منزلِ وہ نہ کین ہِندِہ ا تھک باسیو شری پرساد کاکِ وٲنِس۔ سُہ رامایِن چھُہ سٮ۪ٹھاہن جاین غلط۔ گوٚڈنِک تہ پتِمی واریاہ ورکھ چھِنہِ آمٕتِہ تہ ژھینِمتی۔ کاکز چھُہ پرٛون کأشرٕ یُس ژن کیٚمبوٚ تہ کھٮ۪تومُت چھُہ۔ لِہاذا دِیُت تہ تمہِ اَتھہ لیکھمتی رامایِنہ اِسہ کانٛہہ مدد۔ صرف یتِیہ اَکس کتھہ پیٹھ روشنی تِہ نِہ کس ژھینِمتس گوڈنکس صفس پیٹھ اوس تصنیفک سنہ ۱۹۰۴ بکرمی لیکھت۔ لہاذا چھُہ رامایِنکِ تصنیفک یہوے وقت پوٚز ثابت سپدان تہ ۱۸۰۴ سنہ بکرمی چھُہ غلط ثابت سپدان۔

پرکاش رامہ سِندِ اَکِس گامہ کِہو آشناو وکوٚر کرِتھ گامِہ کِس زناردہ یِس اتھ بیانس سٟتی اتفاق زِ پرکاش رام چھُہ یزی پاٹھی زناردن بُڈِی بب اوسمُت۔ لِہاذا چھُہ یِس وُنہ ترٛیے پیرِ گامُتِ۔ اَمہِ تِلہ آسن یِسَ زیادِہ کھوتہ زیادِہ ہتھ شود ہتھ ؤری یہ گامٕتی۔ اَمہِ کتھہِ تِلہ زِ چھُہ ثابت سپدان زِ پنڈت زنارہ دنُن یہ بیان بِتھ غلط زِ پرکاش رامہ تہ اَتھہِ کس رامایِنس اوس ۱۸۰۴ سنہ بکرمی دِتھ۔ ۱۹۰۴ سنہ بکرمی آسہ ہیس دراصل دِتھ نہ نتھی آسہ پنڈت زناردس غلطی گامٕژ یادتھا وِیس منٛز دوٚیم کتھ چھُہ یہ تہ ثابت سپدان زِ گرِیرسنُن یہ بیان تہ چھُہ غلط زِ پرکاش رام

اوس سو کھہ خوٚرہ نہٕ ذفنہٕ شاعری کران نہٕ روزان اوس سرینگرس منز - تِمیٚم کتھ
چھہ نمہٕ نلہ یہٕ نہٕ ظاہر سپدان زٕ گریرسن سُند ایڈیشن چھپہ پرٛزی پاٹھٕ اکھ مختصر ایڈیشن -
پرکاش رامہٕ نہٕ رامایتک یہٕ موجودٕ ایڈیشن چھہ یوان منز رجہ ذیل کتابن
ہنٛزِ بنیاز پیٹھ تیار کرنہٕ :-

(۱) پرٛدن وٕیشہ ناتھنہٕ نہٕ پرتاپ پبلیک چھاپٕنی ایڈیشن (ا)
(۲) گریرسن سُند انگریزی اچھرن منز چھپو وُمت مختصر ایڈیشن (ب)
(۳) اکن گامہٕ کِس نندہ لعل رازدانہٕ سُند اتھہٕ لیوکھمُت جلد (ج)
(۴) دام جنہٕ کِس وِشمبر ناتھ بٹھ سُند اتھہٕ لیوکھمُت جلد (د)
(۵) حال حالی چھپیوٚمُت علی محمدٕ کُ سُند ایڈیشن (ر)
(۶) اکن گامہٕ کِس پرساد کاک وانلہٕ سُند یادداشت (س)

اگر پرکاش رامہٕ نہٕ رامایتکی اتھہٕ لیکھتھی بیٛیہ کینہہٕ جلد سپدن مرازٕ، کمرازٕ
نہٕ بیرازٕ (شہرٕ) منٛزٕ دستیاب تہٕ تِلہ ہیکہٕ موجودٕ ایڈیشن امہٕ رامایتکہٕ نوومُت
بانے کرٹیکل ایڈیشن تیار کرنس منز سیٹھا مفید بنتھ - مگر سو کام چھہ اکھ بُڈ کام -
نتھ لگہٕ اکِس وِدوانس کم از کم اکھ وُرِی یہٕ تیار کرنس تہٕ خرچ تہٕ لگِس سیٹھاہ - خار اگر
ایشرس منظور آسہٕ تہٕ کانٛہہ نوجوان ریسرچ کرن وول کرِ یہٕ کام ضرور پورٕ - موجودٕ
ایڈیشن ییتھ ییتھ جایہ لا کتابہٕ پیٹھ ر کتابہٕ تام کینہہٕ ستھی نہٕ رلہ نہٕ نتھ نتھ جایہ
گرِتھ ریسرچ کرن والین یہٕ زانُن زٕ یہ چھہ پنڈت پرساد کاکہٕ سٕنِ یادداشتس
مطابق ایڈیٹ آمُت کرنہٕ - کرٹیکل ایڈیشنس منزٕ ین یرتھ صفحس تلہٕ کینہہ ین
کتھن ہندی نوٹ ہنو نہٕ -

اوم

# گوڈنیچ لیلا

کٔرکھ زگہ ہنز رچھا کارٔی — رامہ لکھمن اوتاری آے

ؤگی وبڑارس زگہ ہندی سارٔی — زگہ ہندہ پرتھہ ہم زمنس آے

زگہ نشتے گلو راکھس سارٔی — رامہ لکھمن اوتاری آے

سورکھ گووہندہ گووردھن دارن — پرانہ رہیہ دوارن بردنہ آکھ

تتھی منترو چھکھ مادو مرآری — رامہ لکھمن اوتاری آے

زنکھ راژنو ہاے ون ہاری — دشرتہ راژس گاش کیاہ آو

بشٹ دنہ پورن برھمن ساری — رامہ لکھمن اوتاری آے

کرتھ راژس کیکی زارٔی — وونہ ہس راج برتھس تھاو

بوزہ جامہ ولنہ کرتہ تیارٔی — رامہ لکھمن اوتاری آے

رہپہ سنی چھک رہپہ کوماری — شکتیٔ ہیتی مکتہ رہپہ بھتن ہاو

منس کن کن یہو داری — رامہ لکھمن اوتاری آے

وؤ یہ واس کری کری بووتہ نزاری — ساری دوہ یہ دیشک تھووک ناو

ژو دہن ورین ورتھو داری — رامہ لکھمن اوتاری آے

تراوو پانو نیتھ اہنکاری — اہنکارس ناش یہو ناو

---

نوٹ :- یہ لیلا چھہ کریرین سندس ہندس تہ علی محہ ہندس ایڈیشنس منز بگراج - دتہ رمنز چھپہ یہ کینہہ تہ +

۱ چھمہ کین اچھ کن بینتہ سوراخ ۲ شکھتی ۳ ناو کشتی ۴ بنیو ۵ ونہ منز ھیرن داد -

نیشہ پھل کری ساری تی اہنکاری — رامہ لکھمن اوتاری آے

ژیتھ پوچ رہنہ کمایہ داری — مگن مو گرژھ اوگن ئندراو

گورہ رسنتین پد کمو داری — رامہ لکھمن اوتاری آے

## رامایَنک مطلب

نو نوگنز بند رایے — ایکہ دنیتہ درایے ژ

نہ ایشر پُترایے — ژری گنیشایے نو نہ

گوڈنیتھ سائین شری رازا گنیشس — کران ییُس چھُے رکھیا یتھ منشہ لُوکس

گوڈنی چھے آدِ گنیت بنیہ کو مار — سوہ رُن ژرے سُے دلک کاسی انیہ کار

دوییُم کرسنت گورس ہنس نمسکار — دیُی سُے گوہ رینٛ یمہ بوسرے تار

سداشوان ژہ اسہ اندہ کارین گاش — سری چھک نون تہ اون گیان زانہ پرکاش

دچھن گرژھ کیاہ یہ دُژھ آکاشہ وآتی — دُیی ژرج نیج ینے نیُ پاری دا لی

اُپھو وُچھ لولہ چھوسنہ کہو کنو بوز — نہتھ بنیہ وُچھ ونن کیاہ شو شیٛتھ

ہنچھنتھ بوزِتھ وُچھنتھ لاگن پزیا اوین — پھلِس چھُے ہنبول ہیلیر چھے سائینن گز

نہ دوہ دوہ سونتنی غنیمت چھے بوآنی — نہ لوتاگہ بی ووکھ اے باری جانی

ہنین دم چھُے غنیمت بوز رژ گنتھ — چھُے یوُ وُنھیم بہ ونتھ رونن چھے پتیم

زین چھے دم ہنین کھارُن نہ دانُ — تمیک غنیمت منک منتاری کامن

زین رژھ رُن سوہ بوزنی سہ کُرن ہیل — تھوس بہ دارہ دِنہ گردنی ژھنس ابر

زین چھُے دم ہنین سُے رنِہ کھارُن — زیتن ینہ رادہ بے حاصل چھُے تھارُن

۱ بے فائدہ ۲ انہ گوٹ

چھلِنھ کھارُن تہٕ والُن چھےٚ لگن رٕس — سٕہ بوٗد [1] گرٕسٕہ یوٚھے چھےٚ ننگ فارٕس

قدرٕ ہینِیو زٲنی ہاپِنس نِشہِ رٕمن دوٚن — سُہ یوٚدوے آرِ ششتر سٲ تِنِس سوٚن

ھردٕے گٕیہٕ کُٹھ ہِنُن بسُ نَنھ اندرٕ ژاو — سُہ امر بنِھ چینِھ اتھس کِنھ لعل ہِتھ دٕراو

پُھنا افسوٗس موٗنت گوٗدوٗہ نہٕ کس کنُ — نہٕ بوٗزھ چھُنہٕ وُچھُن دوٗہ ٹی آمتس کنُ

پنجر یوٗپٲدی برھمنہٕ موٗرٕ رچھُن زان — کھٹُن گرِتھ سیر شیمر آوِتھ رٹُن پٕران

گرٕ ھی حاصِل یہِ کینژھا ہٕژھ ژٕ یہٕ آسِی — دِیی درشُن دِلہٕ لٕشہٕ وٕیاد کاسی.

یہِ مَن چھُے پان ھیوٗراہ آیینہٕ چھُس ناو — ٹُلُس زنگارٕہ لاران یہِ دری پاو

گرتُھن آسی ژٕ یہٕ یوٚت نوٚت وانہٕ ناوِی — گُپِنھ پاتالہٕ تلہٕ آکاشٕ ہاوِی

تھوٗس بر دارہ دِتھ چُھک پانہ دیوار — وُچھک باغس اندر کیاہ گُل تہٕ گُلزار

ژٕ بینِھ یوٗدار [2] تھو پرزلُن ہیٚی دیپ — ژٕلی مَلہٕ ژٕنہٕ ڈیشِکھ وٕنشہٕ سُندٕ یہٕپ

ژٕ نو چُھک کینِہ کینہٕن کینژھا لوگُے ناو — مشی اگیان سوٗرُے، کِتھ ژٕ ہٕنس دماو

پلَن ہینِھ رُوٗدزن بڑٕ وٕیاد آسی — ژٕلی ینِلہٕ رامہٕ رامہٕ دوٗہ تِدٕہ باسی

ہمے ڈیشِت مَہ سٲنین شادو غمگین — غم و شادی وُچھکھ آئین بہ آئین

وُچھکھ ہمسار کیا بزم بازی ہاوُن — اسوٕ روٗرٕ نہٕ منوٗشن [3] کھوٗژہٕ ناوُن

آسنِھ فٕٹی وٕٹی سہٕ یوٚت تامت یوٗن دِل — پتھ لاکن وُچھن تتہٕ کینِہ نہٕ حاصِل

مہٕ کر اپرادٕ کنِھ تھاو یاد سنتھ زان — اتہٕ نشہِ ژٕل مُنشہٕ سُند پھل چُھ سنتان

اَچھو وُچھ بوٗز کنوٗنس رازٕہ ہٕندی کار — یتھِمس رازس گوٗبُر زامُت چُھ اوتار

سیوٗن لاچار سٕہ شاپس نِشہٕ ژٕہ تھوکن — مہٕ گرٕتھ یثر تیز کر پہٕ شیر پاپَن

دغابازی چھَے ینِھ تنِھ کھوٗژ ینِھ روز — دوِگتھ ستھ ستیچ وتھ ژھار کِنھ بوٗز

---

[1] ٹھبکھ پاٹھی زان [2] اَچھ کَن مَن بیترٕ جسمکی نو سوٗراغ [3] دِمَن۔

حلب شیٖشس تٕلی بوزِ نہٕ سیٖتنِ کٲھے    اَستھ تُرِوِتھ سٔنس سیٖتنِ گرٕھی لے

کرُن اخراج راکھِس بوزٕ نِشے من    شُرن گرٕھ ایشرس ہِنٛتھ گوٚ وِبھیشن

مہٕ تس کھوژُس ستس سیٖتنِ سِپن پوٗر    اَستھ یوٚدبوٚے آسی دُور ژٔل دوٗر

پوٚزٕ ے بیگانہٕ آسی رٕتھ وندُس رَتھ    کرِ ہی پرٕتھ جایہ پرٕزی بأپٹھن رفاقتھ

سِتیٖچ بر پرٕتھ سدا شِو چھے سَنس سینٛو    ژٕ سنتھ سأنین وُچھن گرٕھِن گرٕھن کینٛہہ

سو پرٕتھ سیناسنکُ سوٚتھ رامہٕ لکھمن    ہیہتھ ہلمُت است رادُن چھُ دوٕرزن

سُہ راوُن چھے مِنس نیشہٕ دو سورُے    سُہ پانے رامہٕ ژٔنٛدرن مندِ چھوٚوُے

شِمتھ شمشیر وآراگچھِ کرُن تیز    ژٕ تُس گردن چھُہٕ دُشمن کرٕ ژٕ پرہیز

کھما خنجر گنڈِت لنکایہ ژھارُن    سپر شُہ بہٕ وانسا راکھِیُس چھُہٕ مارُن

گبانکِ جامہٕ چھِی ساماہٕ رَتی گوٚن    انگدُ سُگرِیو زاموٗن وِبھیشن

پرکرتِ کی سو پرٕتھ زانُ سو منزا    پدم دشرتھ کوٚ سپیا کرمہٕ لیکھا

زر اسنتوشِ دِل وو پدیش ونوٚس    گرٕھتھ اِدہ رام لُو پہٕ چِہ لأنکہ کرٕ ڈٲس

ہِرِ دیوی دار چھے گرٕ دول لاگُس    سنٛھاہ کرٕ آچھِی راکھِیُس پیٚتھنہ ژٕکِس

کرکھ نے لأچھی زاگتھ بیہِ راوُن    ژھیٖٹی ٹھوکرُ کُٹھہ پیپیہ اِدِ ناوُن

چھہ کاچ کھول ترنِ ژکھ دٕھ کرُن نند    وِبترارِچہ وتِہ پکھ زہرس گرٕھی قند

وَنے کنہ بوزٕ دَے زانُ پنُ وِیر    اسُرمُلکہٕ رمنکُ گوٚرشید دِس تِیر

انُ بیل گوٚ رِپنُ سُے ہاوِہ ژھلِہ ہیر    کھسکھ آسٕ آکاشی ہر دِیکہٕ کوچہ کِن پھیر

بہ کینٛہہ دو وُے نہٕ چھے پانس نشے زٕھار    لبکھ نیٚلہٕ ییلہٕ ژٕٹھہ ترأوکھ اہنکار

منتھ مند دوٗری چھے اِنتظارس    مہ کر منشرہ وُچھُن تکِیس اشہارس

¹ دیہِ تیشِنس ادر راوُن بوے . نکرادس راکھیُس . گرٕزین سندس ایٚڈت کرمنس ہاماینس منز چھہ یوے بدلہٕ لوٚزٕ .

سُراوُن سوپَرہ ستی اینہ زن من | ژدٕ تہ بوز ونیشنہ ڈیشتھ موکھت ساپنن
گوہ روگنڈ مشر چھہ وتھ کتھ بوز کن دار | چھُ کیاہ روزُن چھُ بوزُن رامہ اوتار
نہ بوزنہ ستی دوہ ندس آنند آسی | یہ کتھ رٹھ یاد ابیشر دیاد کاسی
نہ زانکھ پانہ دَیہ گت کیا ژہ ہاوی | کُنُک آسُکھ ژہ کونت کونت واتہ ناوی

## پاروتی جی ہُند سمواد شِوناتھ جیس ستی

دیان ناردریشی بوزُن زِہ برھما | سداشِو دیوتا ہیتھ اوس یکجا
پرژھُس دیویہ شِو جی پوزی وَن | سپنہ کیا حال کلِہ یوگہ کین منوشن
تم آسن دھرمہ نشہ واراہ ادھرمی | درم نزاون سٹھا لاگن کوہ کرمی
گرٕھن شاپن اندر ساری گرفتار | بہ ڈن پاپن اندر کینتھہ پاٹھی چھک تار
گرٕھن پاپن اندر ساری زگتھ بند | دزن چھس کینتھہ دُچھن تم سوکھ نہ آنند
ہیہ چھیم تلواس تم کتھہ پاٹھی موہ کہ لن | تن آسیم سٹھاہ گومُت ملُت مَن
ونتہ دیویہ کُن لوگ بی سداشِو | موہ کہ لن تم خوشی ستن ژہ کن تھو
ونتہ دیویہ لوگ شِو جی کنو بوز | موکہ لن تم دوکھہ نشہ ژہ نکھت روز
سمے گرٕھ تھ زکانشہ روزنہ سنہ یاد | اماپانس کرن تیم رامہ سُند ناد
دوہ ندس کتھ تھاو نمسند ناوہین کنتہ | موکہ لن نارہ نرکہ نشہ نمی ستو
اگافل یمِ منش ہیین رامہ سُند ناد | تن سورے منک ملہ ژرچھلنہ آو
ادے کاتژھا سوہ بس مُنہ کنی ہر بس آسے | دبس درشن نیئن وکنٹھ چھس جاے
ادے کاہہ لولہ کنی پرہ رامہ رامہ | سہ پراوی نندہ تنے سو رگہ جامہ

ٹسنڈہ درشنہ سنتی پہ نلی ہیچھم پور
نِھے ہیچھ دِیپہ سنی گرِتھ اینہ گیٹ دور

کنو بیس بوزہ بوزتھ شروزہ تس من
گرِ ھس زھینہ نار نرگن تن بنس سون

اچھو بس ڈیشنہ تس حشمن ہیس گاش
تیتھے بینہ پاٹھی سرس آسہ پرکاش

تھون یم کن نہ بوزتھ من گرِتھ صاف
گلہکھ راکھیس منک سورے زلہکھ پاپ

دوپس دیویہ شو جی بوز ناوم
نمیک کارن ٹسنڈ پرکٹ آمُت دم

دوپس نمی بیلہ سہ راون گو نمودار
کرِتھ تیچھ لوکہ زینِ ییژ کرن کار

موکلن مرِتھ سارنی ہندہ دسنہ موقوف
موٹھس نتہ سہل زون منشہ سند ییچھ

دنہ لوگ شو موکھس ٹسندس نمسکار
سو لنکا راون رنہ ییژ کرن کار

نو گون راون پی کو ربنڈ آنہ
بے پوشیم کس زہ تیرم پانہ پانہ

دیوگتھ کتھ چھہ ستھ بیلہ سہل زاین
کو کا مینو سنتی نیٹھ بتر آژ ژاین

نشنہ لیجی یوم پی دیوی ہیہون بے
مرن زیو دون سشرن نار اینس گے

کرن ییژ کار پرتھوی آیہ لاچار
وَدان وشنس نشن گیہ ییژ دِین زار

دوپس وشنن زہ گرتھ چھم زنم دارن
پنیم راون منشہ سندِ و رنہ مارن

گرِ ھی لاگنہ زنیہ پانس یوگہ مایا
بہ وشن رام لاگے چھک زہ سیتا

کرم کرِہ راژہ دشرتھ چھس نہ سنتان
زبے تس نش ہمے آزہ راوس پران

یژے بوزتھ سینی پرتھوی سپھاہ شاد
وچھاں آس کرِتھوم نیترن اندِ یاد

سمنھ ساری ترہ کوٹی دیوتاہ یم
زنم دارن تہ واندر سا اپنن ہم

دوپس دیوِیہ ہی شو جی دیاکر
دنم اوتار دیوہ تیرم منک شر



پو کھتہ سنکیپ ۔

# بال کانڈ - شری رامہٕ سُند زنم

دٕنِہ یوگ راژٕہ دشرتھ اوس رازا ۔ مُدا ماہرِک ملوکُک چارٕہ سازا
سُنوگُن شُکھن بۆڈ شو اوس مانن ۔ سبٕھاہ ژٕہ کامہِ کرِ نٕتی باگیہِ وانٕن
بِنس آس دراجو دیا جاے آسن ۔ غریبن اوس ووہ نُکی غم غوصہ کاسن
وودھن سٕلہِ پتھ پریانن نبتھ کرن شرانٕ ۔ رٕچھن جو گین گوسانن سنتٕ بھوَن زان
گوٚبُر اوُسس نہٕ تہٕ تِرل اوس نتن من ۔ تِہنٕھ یِنٕھ سری یہ پاہنس پیٹھ چھُہ ناپن
سبٕھاہ رانس دوہس لیلا کراں اوس ۔ شرن ساہنن نراین پانٕہ ٹوٹھیوس
دیان سوٚنپس اندرنس دِتِن دَرشُن ۔ دوٚپُن نش گرٕھ مینہ چھُم زنمس تُہٕ یُنش یُن
لگہِ نہٕ باوُن سوٚپن راوُن بہ گالن ۔ سُہ گالنہ شُتیکھ واین لاگنکھ زالن
سوٚپن ڈِشتھ سُہ پٕلہ ھٕوو دوپتھ خوشی سان ۔ وٕشِسٹس نشہِ گوٚ ٹوٹھیوم نارا ن ۱۰
دوٚپُن منس کُن گوژٕھم آسُن پیہ سنتان ۔ دوٚپُس نمی گرژٕہ جگ دیو یوٚنہ ناران
اُنِ تٕہ رنِشی سبٕھاہ جگ کرنہٕ لاگی ۔ کُھتِس تمہ اگنہ متُرٕ کھیرٕن ژٕہ باگی
کوٚرکھ جگ پٕلہِ دوٚبراوِکھ نمکی دٕہن ۔ کُھتِس کھیرٕن ژٕہ باگی رانین ترٕن
ترنہ وَے بجتہٕ بجہ گیہ یان ناوِتھ ۔ دوہٕ وَے باگ ترٕ کھیہ باگہِ راوِتھ
ژٕہن نِشہِ پانہٕ دیٚوش سوزُن سُہ کھرِ ھبت ۔ تمو کھیو یاگ گرِتھ اوسُکھ محبت
کوٚسلیا یہ اکھ دِتن کیکیہ اکھ یتھ ۔ تمو دیت سوترہ نصف نصف بُوزو ۱۵
دیان دِے پانہٕ کوسلیاہ نشہِ ناو ۔ بُرتھ لس کیکیی نشہِ زاو کن تھاو
ترنیم آسِکھ سومترا لس کوٚرکھ باو ۔ شوترُگُن بینہِ لکھمن جُو بتس زاو

اونکھ برہمن پنڈت ناتی ماجہ پلیہ زالے    کر بوکھ ناو بیون بیون آسنکھ آے
گورن زاتک گنڈتھ دوپنک کرن کار    شوترگن برتھ لکھمن رامہ اوتار
پرزا پرزنہ لیجی یامتھ ھنہ پتیے    لزاگیہ راکھسن پانس لجکھ ربے

20

## اجودیا واسین ہنز لیلا

پربتہ تلہ ژندرمہ دراو    ستیے گاش آو ییے
لوکن بیول اسہ وو باو    بکھنہ ہنزہ بومہ بو وییے
تولا اسہ کھار بئی لود ووباوہ    ستیے گاش آو ییے
بارہ بلہ تلہ چھے گنڈی گنڈی ناوہ    بری بری سوکھ نہ ساوییے
کراو کرڈورین بیری ژیہ لاوہ    ستیے گاش آو ییے
دیھہ چھے پرزلان سونہ سونہ واوہ    ژھبنہ گرتھہ نورہ اکہ ہواوے
سن دتھ رازہ گرہ ژور بس ژاوہ    ستیے گاش آو ییے

40 / 41

استھہ وونیدہ نشہ موہ مشراوہ    لولچ پے بو تھاو ییے
سنتس پنس پیٹھ تھبر تھاوہ    ستیے گاش آو ییے
مارہ نہ طوطس گیلہ زن کاوہ    ست گورنس نہ میجاو ییے
نی وون تو تنہ بی میہ بوزاوہ    ستیے گاش آو ییے
راز دشرتھ برہ نا چاوہ    کوسلیا یہ رامہ جو زاو ییے
اسہ لوگ نار نمسندہ ناوہ    ستیے گاش آو ییے
سو نیدرو نہ وگنو برووے چاوہ    وونیدک غم غوصہ دراو ییے

---

۱ لوکک - ۲ کھاہن پندبن ڈورین مناونوہ، فیصلہ نوتنی ۳ مستقل یا کھٹی روز یزدس پیٹھہ۔

زگ ژایہ نِمبی سُے اسہ زاوہٕ    سُتِنیے گاش آوُ سییے

سماره اوتزایہ آدم کھاوہٕ    دانہٕ کو نہ عارژہی آوُییے

کیاره گُز یوره بُنیہ لبُ توره آوہٕ    سُتِنیے گاش آوُ سییے

رذو کنہٕ چھکھ آمہ پنہٕ داوہٕ    رِنیہٕ نا باره بلہٕ ناوِ سییے

سنتوشہٕ دبژایہ بنہٕ سِنتھ باوہٕ    سُتِنیے گاش آوُ سییے

سِری ہ یہ پہٕ مَنہٕ منز سُہ میہ وُچھاوہٕ    ہَنہٕ ہَنہٕ اندر سُے ژ اوُییے

پر کاش پانے کس کیاہ بہ باوہٕ

سُتِنیے گاش آوُ سییے

رِنمن منز رامہٕ جوزن سری بہ بہٕ کل    کِرِن راکھس تہٕ رہزن اِنہٕ گنُٹس تل

سمِٔنتھ بابن سِیتن بیلہٕ اوس نیران    ترٕ کوٹی دیوتا اَتس چِہ کہ پھیران

رِنمن وُچھو وُچھو کرہٕ لوک رازہٕ شاٰدی    بناٰدی بُوہٕ پتھ پھرہٕ ون مُناٰدی

دِپن نمٕ سارِنی ہتھ پیچ خبر وُنٕ    گیس پی بوہٕ دیس سیتن گونڈُن من

خرِچہ باپت گُنے کانہہ آسہ مُحتاج    خبر کری نم نہٕ دھرمس دہٕ اتن راج

صُبح پھول سارِنی گو انہ گوٹ دُور    مُناٰدی ڈایہ رامُن راج مشہُور

رِیہ وُنہٕ زنکھ کانسہ کو نہہ نہدِت کران نہ    ژہ اٰنی ز کھہ تم تہٕ اپہٕ شرِتی زاہ مرن نہ

شرِیرکہ کھوتہٕ گنز راون پرِدی پان    بنیس لگہ کھیدہ باپن ہیتھ لدن ہان

ییےَ چھک وبدھ پرِنی اوبدیا یہٕ کُنہ    سنیح دِری اِدہٕ ترٕی ترٕ اَوتھ مرنہٕ کُنہ

انا تھن ہند رچھن مٹہ رازہٕ لوکن    رِمن آیت تھون تم ان نہٕ بنیہ پن

نتھے کو ترٕ سینی پاین سیتن یار    پھولن ہیوش ہیو پانس اندر نار

گبن سینن کرِک ستا لوو وہپائی | گنداں تم پانہٕ وآنی زن ترا ٹھ بائی
وبترا ریچ وینہ وچھتھ براہ بو صلاح زون | کور کھ ہارن سینن براہ بو ولیسہ تون
کوہس ہیٹھ بھیرہ ونی سیمنی سینی گاو | دین تس ہیمہ سینی سہہ گاسہ ہیتھ آو
گمہ لہ پوتن سبق دیگی وہنہ نول | کچھو موبیرہ آستس خار محصول
پنیاد بک رشی ہیپیسور جوگ سنیاس | سینی خوشدل ترٕ ولک مشکل نہ تلواس
کرن یتر کال تامنتھ ستادائی | مرن موقوف ساینن درجوائی
کرن کینتر ہاسہ ہیتھ تنیتھ سوکھنہ آنند | زہر لوک راکھسن دیہہ گومو دور فند
گرم بازار ساینن دھرم کا راج | منش گے خوش نہ کانہہ چھینہ کانسہ محتاج
سمے نیتھ رازہ ڈلیشتھ زندہ ساینن | منوشن واسپنا پھیر کتھ ستنس کن

## وشوامترہ سند یگیہ رکھیا

کورن یترتپ وشوامترن پورن وید | دہان تس راکھسو دہنت وار یاہ کھید
دین ییلہ راکھسو کورٕ ینتر[۱] وارہ | گرشہ تمی دشتر کھنس ون وارہ وارہ
چھ ستھ دی ییلہ تمس نشہ وعدہ پورن | دیو گتھ دشر کھس نشہ حال بوزن
دوپن تس دادی لدٕ سندوانہ بوزن | مہہ ستن رامہ جو گرٕ ھتو رٕی سوزن
چھ کیتھ بلہ وبرپن ویرتھ مہہ ہا وہم | بوگوس راکھسو تتہ موکہ لا وہم
دہمنے سینی ادہ یینہ پان زائے | تتھی دمہ شاپ یتھ رم راڈھ گائے
مہہ سینی دن رامہ جو دیہہ راکھس مار | نتے بدواکھ کڈے بتر آر شیہ نار
سیٹھاہ ناخوش سپن رازس کورن شاے | دشٹن دوپ گرٕھن کینہہ چھیں نہ پرواے

---

۱ یہ لفظ چھ مشکوک ۔

بہ آمُت بی کرِ نہِ اوتار دٲرِتھ ۔ گرٕھن چھُس راکھِسن برینٹھ جایہ مارِتھ

بہ کینژھا رٕشی دٔپُس رازن نہِ بوزُن ۔ پۄژنُے بوزُن گۄبرٕنس سیٚتی سوزُن 10

پکَن گۄ نیوُن لِکھمن سیٚتی پانس ۔ گِندن کھیلن پکن گے برٕینٹھ مکانس

مُدانی گۄ رنہ دشرتھ راز لاچار ۔ رٕشِس سیتِ پکان گۄ رامہ اوتار

پنُن اوُس غرض سانین روانہ ۔ بَبَس رخصت مینکھ اوُس بہانہ

اوٚنُن مرِتھ راکھِسن برینٹھ شایہ ژھارِن ۔ اُمِن ہنٛز جایہ نتہِ بے وایہ مارِن

دِتِن بالک ورنہ ییلہِ بیٚر مارِنچ ۔ پکن گۄ رنہ چھکن نیٚتھ دیو مارنچ 15

سہ مارنچ دیت دِبِن ہُند کمیدان ۔ ژلِنہ گۄ زندہ زخمی گوس پنُن پان

تنھُے رنھ پوک کوٚر طوفان سانین ۔ تنھُے ینھ راکھِسن اوان سانینُ

وِشوامیترس سیٹھاہ آنند سانینُ ۔ مۄدُر گۄ موکھ متِس ویٚہہ قند سانینُ

وِشوامیترس دِپن نسٕنزی خلِش آس ۔ دَیاکرُنس گرِھت تمی تس نیت کاس

بۄوِن جےتس رٕشس چھے ترن تارِن ۔ وُنِن تس رامہ ژٕندرنی ساری کارِن 20

وِشوامیترس نیتھے پرُژھ رامہ ژندرن ۔ گنگا کِنھہ پاٹھی وٕژھہ آکاشہ نشہ بوٚن

تنھے باگی رتھنی وٕوت پنھہ منس فٕنٔ ۔ گنگا کِنھہ پاٹھی تمی بترآتھ پنھہ آ ذٔ

گنگا ما ینھہ وٕنھہ آکاشہ نشہِ آے ۔ مہادیوِن جٹن منزس دِژن جاے

زِ جس تبلہِ وٕیاد ییلہِ آزاد سانینُ ۔ دوٚپُن تس دوکھ گرٕھو دمنی پرتس کُن

سمنھ نم آسی نر نہ وے درایہ پرٲنس
منس مینس چھہ شنکھا جان پانس 25

---

۱ وٕوت پنھہ = پیدایش ۔ ۲ نیتھے باگی رتھنی کھتہ امی منس فٕنٔ (بہ چھہ گریسنہ ہنز کتابہ منزی)

# اھلیاہِ ہُندِ شاپہٕ مُوژن

کوٚرُک آشرٕ وُچھکھ بیٚلہِ جان جایا
وٕنہِ لگو وٕنشنہ سِنزی وٕنشنہٕ مایا

بکنہِ لوٚگ رامہ جُو بیٚلہِ لکھمن ڈیٚوُٹھ
غُبار وٚوٚتھ پادٕ کمِلن تتھ شِلایہ بوٗٹھ

وُچھو موٚکھتی کرِنی تس آس پانس
نتے کیٚا اوس گرٕھُن تتھ رٕیشی مکانس

نۍ کرِی پاپ وُچھتو کرِتھ لٲن وتھ
اَھلیا یہ پانٕ تُشرووُن ذیٚس پتھ

وٕنہِ لوٚگ ریوٗش بکھتی ووہ نۍ یِہے گے
امی بھکتی سٕتی ایشر پانہٕ واتی

کرِو مو پاپ منشو دار بوزِو
دِلسُ شاپہ برتھا ہن سنتھ یہ بوزِو

اَھلیاہِ ہریہٕ ہِش آس شعُلہ دیوان
تُمِس وِبرن وُچھت آسی ترٲن بزران

وُژھی کامنو وُتَل بیٚلہ بند رازس
بکنہِ لوٚگ راژہٕ ترآوِتھ ریشو مکانس

وٕنہِ لوٚگ کنِتھ پاٹھی اژرٕ ریٚشی مکانس
ووہ نۍ بوزہم اما مارہم میہ پانس

اوٚنُن دیوا دوٚپُن تس گوہ کروی لاگ
تِہ دِو بانگ اَرٕ دٕراتس تس ریٚشس زاگ

دٕژن نۍ بانگ[1] دٕر ریوٗش گوہ بیدار
وٕنہِ لوٚگ نیٚندرٕ آیم گوس نہ ہُشیار

نُن گُرٕ واتھس کنِتھ نِدِیہ پتھ دراو
کرِ نہ لوٚگ شران نِدِیہ ما بوزِنہ آو

دوٚپس تِمہ ریٚشی پابوسُل چھہ شرانس
اما وٕنہ سے نہ پاپ ماکھِسہ میہ پانس

کورُے تٕھل بنیہ رازن کوہ کرُوے لوگ
پگاہ لدہم میہ پیٚتھ نا بکُ پتھے بوگ

بکن گو ریوٗش نہ ووتے بینہِ شاپے
وُچھن ینہ رازہ کران آیہِ گرا یے

دِلسُ ریٚشی شاپ بنیمہ پٕرھی بونٹ تِہ آکھی
کرِسے سُودرا کِہ سٕتِن زِن نہ زاکھی

اھلیاہ شاپ دِتُنے برتھا ہن
سپُن شِلایو تام بَتِم زخم دارن

[1] بتھہ شاری منز چھہ نہ یک برابر۔ گمہ یتھ غلط ننگ چھہ راباں [illegible]

سِینےَ رٔمنس اِمی پُژھو رامہٕ اَوتار — ژٕہ ہیٚہ ہیٚھ شاپہ کرٕ سیمیٚس نمسکار

سمےَ انتھس گوٚوُدے ما آہلیا نیے — ژٕ رنَ شیر دورُن وٚیشنہٕ مایے

لٔجس پادن دِنے میٚٹھی ہیٚرِھہ مائے — لٔجس نوٗہ تا کرنے جایہ جایےَ 20

دِنُوکس پادیہ[۲] گندٕ دٔ پیٚنس میٚہ مودوش — ژٕہ روز نم دہ فی سہابو لاگیو پوش 21

لاگہٕ یہ پوش شیرے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

بأرتھہ بُوتٕ[۳] چھی ژٕ یہٕ منے — داتان چُھکھہ. ہِنہٕ ہینے

منہٕ منٛترٕ آکھ نہٕ ونے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

اگیان چِھم میٚہ منے — کام کرُد لوٗب گنے

دٔیان چون منہٕ سنے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

شامہٕ رٕپہ رامہٕ جُوہ — منشٕرہپہ نٔم چھُوہ

بُوہہٕ بار آکھ کاسنے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

شاپ ڈیٚٹ میٚہ برہٕماہن — ییٚندرانہٕ چاو کرَن

پاپہ سنٛتی گیسہٕ منٛزن — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

شاپ دِژنہٕ ییٚندرازس — دبون ہندِس رازس

لوٗب گوٚوے ژٕیہٕ کامہٕ دیرے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

ییٚمہِ لُوبہ ژاکھ مکانَس — ژٔم ساس گے ژٕیہٕ پانس

وُرھن ییٚنہٕ ویرے — رامہٕ ژٕنڈرہ چانہٕ ویرے

---

۱ دیٚتہٕ یایا یہ ہندی کھوڈھون ییٚنِس کلس ہیٚھ ۲ پادیہ - کھور چھینگ پوزٕ - گنڈ - عطر، خوشبو - ۳ [illegible]

ساس نیٚتر یَس بنیاو    دیوَن پیٹھہٕ نَنیاو

دیٚہ گت وچھو نیرِ سے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

نیٚترن ژیٚمہ گنڈہ    ہاو ہم ہیٚنہٕ وتہ

شاپ ژوٚلہِ پاپہ ویرے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

برہما چانہِ گیٚرژی    زیوَن کرنہِ سیٚرژی

وٚیشنہٕ رٕیچھہ کرشنہٕ ویرے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

شیوہ ریٚچھ کرِی نَتھہٕ ضایے[۲]    سجے کار اہلیا یے

کھارتھن وٚیشنہٕ مایے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

دِینتھم مینہٕ درشُنے    امرتھنہٕ ورشُنے

گاسنتھم نُونہِ گروسُنے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

انتھ چون کُس زانے    کیا اوسُم مینہٕ لانے

بوٗمہِ بار کاسہٕ یوٚنے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

سجے کار گو تم ریشس    اہلیایہ ہیٚندِس آشس

پٔرکاشہِ چانہِ ویرے    رامہٕ ژٔندرہ چانہِ ویرے

## سیتایہ ہٕنٛد زٕٹم تہ سوٚمبر

زَنکہ رازس دیاں کوٗرا چھہ زامٕژ    سو مالکھی چھہ نیٚ سُنٛد گرٕ آمٕژ

سبٹھا سنتانہِ پٔرژھی آوارٕ اوسُے    دین ڈٔرِی یاوِ پیٹھہٕ بَن کوٗچھ گوسُے

---

۱ے پتہ دِلنُس ژٕنوٚباتھن دری ہُرادہ بنیس ہَن ساس اُچھو ۲ے اہلیا آس سیٹھا سوندر۔ گر برتھایسندہ شاپہ سیتو بنیہ کنٛی تہ تسُند شوہ ریٚچھہ گرضایہ +

دوُپُن کرِہ جگ، ندی ہیٚچھ دراو پانہٕ
کھٔژن منٛیٚژ منٛیٚژ تلہٕ تٔ لوٚب خزانہٕ

سبٹھا سنتا نہٕ باپتھ بول بس اوس
صندوقس کینٛہہ لیٚن منٛیٚژ تلہٕ خوش گوس

دیوگت دِیو یاہ ژٔندرمہٕ ہیش اٰس
ہِیر بۄ سندہ کھوٚ نہٕ پرٛوہٕ ژراوان سبٹھاہ آس 5

سبٹھاہ آشرٕ پہ کوٚرٕ تٔ ہیوٚر کھارِن
چھہ کیا نمہٕ ڈاٰنہٕ ہمہٕ برٛہٕ وِگنہ مارِن

کٕرِکھ ٹیکا یہ کس نامت چھہ زامٕژ
ژہ ھنگ کوہ لِ یوٚت چھہ پانس سیٚتۍ آمٕژ

وُچھکھ دُرٕ دانہٕ ڈیٚھکھ زن سنہ مٔتس
نبٹھن دوہ دِ دامہٕ خاطرٕ تۄہٕ دوان آس

گٔنٛژ برٛہ زن پمیٚژ آٔس آسمانہٕ
ہران آس موٕختہٕ اوٚش زن دانہٕ دانہ

جگہ منٛد رِتھ وُچھن ژٔندرن تہٕ تارن
دِوان آس ٹاپھہ آسی ماجہ ژھارن 10

دپن کیاہ سنہٕ ہیس گوٚنا کنن میون
عبث زانُن ہژرٕ گونا ہیٚس میون

کمِس وِنہٕ بوٚ تمِس اَچھ کوٚنہٕ پھورِن
مرس تہ کیا کرِس چھینہٕ واٰنس سورن

یژھن کورِن چھہ کم ہیب ناج لاگن
ہمَن پنہٕ داوتن ادِ کا وزاگن

ژنکھ رازن دوپُس ہب ھٔپس ہوچیٔے
دِیَس نشہٕ لیکھناوٕ زٔن ژیٚہ لویٔے

نہٕ ماٰ اسِس خبر ہتھ گٔژ بہٕ وانا
ہِہے معصوم سارِن ماچھہ ماتا 15

نیَن گرِ لولہٕ سیتِن تٔ سوندر مال
رٔچھن تتھ تیٚہہ رٔچھن چھی اچھو انٛدٕ لال

کما ناکھ نھوٚون تٔ تتھ پچھن پی
کڈ ہس ہُس کش تہٕ شیرِس لاگہ سے ہِی

کمان دژمٕژ شون تتھ پی چھہ تدبیر
دِیَس تس کش گڈھ یس تراوِ نتھ نیٚرِ

بوٚمکھ یوٚد وَے بلا دِیرو سبٹھاہ تت
اچھر دالا مُلے کرٕ نکھ نہٕ حرکت

بوان چھی دِیر تھ صبحن تہٕ شامن
دِوال ہیراں دِوان نم چاک جامن 20

نمے بلہٕ دِیر یم پھوکہ سیتی ثُمن بال
اما نت کینہہ نہ حرکت اکھ اچھروال

منس کنہٕ تھاونس ہیوٗ ناوٕ سیتا | بہٕ چھس زانن ژیٚنہٕ سنٕز چھس کرمہٕ لیکھا

بیکان گے وأنی تتھ شہرس اندر ژاے | خبر ردانس کرٕکھ نٔم ہتھ کمان دراے

لمان کم آسی تتھ ویرس منٛزاہ ساس | دٕیوکت وچھہٕ ژشس بوزٕنہٕ کیاہ آس

لمان کم آسی تتھ بوزساہ بدٕ ویر | بتن تھوٗ درامہٕ ژندرن ترٕ وٕلن تیر

مَرُھن مہند کش گدٕ تتھ تیر ترٕ وُون | صدا گوٚوٚنس سمے ییٚر شٕوہ نوُون

زنکھ رازس نہٕ ریوش پانہٕ ژاوٗے | دوپُن بس ژندمس ہیتھ سر بہٕ آوے

ونیشوا میٚترن زنکھ رازس دٕپُن ڈیش | بُھہٕ تیتھُر جان رُتٕ روٗہن نہٕ بنیہٕ تنیش [۲]

کمرگن ڈیر دشرتھ رانٕ ژھارُن | انک ساڑی کوتاڑی تارٕ نارُن

ژلی شر أچھو منٛزٕ تتھ کر نمسکار | لکھن چھی رنٛی ژنیہٕ ٹوٹھوے رامہٕ اوتار

انُن دشرتھ کرٕ وتو تھو آشنایی | زنکر ژھج سارٕچی ژوگٔیہٕ بجأیی

نیچو چھے خوش پُن گاٹل ہو نر مند | ہو نر منظور لکھمی وانہٕ کس انذ

اَغافل نہٕ پانس وانہٕ ناوُن | وچھُن پوٗشیدٕ پاٹھٕن آنہٕ ماوُن

حکیماںے دواکرٕ زنذٕ موٕ ردن | قلمزن بر ہوا تصویر لیکھن

عمارت گر چھہٕ بر آبے روانہ | کرن سنگیں بنا تعمیر خانہ

منجم تتھ خبر آغاز و انجام | دلس لیکھت زگردش ہاے ایام

بن تی یی ون دٕرشٹانت ہاون | اما چھہ نہٕ کانسہٕ لش یم سیر باون

أبنہٕ پوٗزٕ ووٚنہٕ نٔی لوگُن منٛزمی بود | رتن اوس لا نہٕ نٔی پانس ہیوٚتن بود

کرُن سوٗرُے دیس چھے پانہٕ آسن | خبر چھا کونہ چھکھ دیہٕ ویاد کاسن

فنبلس تانی تتھے رانٕہ پرٕژھنہٕ گو | دٕ نہٕ لوگ کاردیہٕ سُند آشنرس گو

---

[۱] دُوہن بیش آسن گوسبٕٹھاہ جان ساخ [۲] ستارن ہندی زٕ بھہر منٛٹھ یمن تھیتر ونان چھس

تِتھے بھگوآنٕ ستن بابا پٔننٕہ ہٲو  یہ کتھ کرادٕ قبیلس کانٕہ نٕہ باو

وٕ نہٕ لوٗگ دٕے چھہ مِلہ وان لاٗی کارن  پتوٗ ناحق چھُ لوکن بأرہٕ کھارن

توٗے أ سس شوٗن دِژ مہتر کمان ہیتر  ہمش دِیواہ چھُ تس سٕنٕز نزادِ بسُ تیر

سُہ ابلاش اوس منگُ تس ہود زامُت  سُہ تیر اوُسس دِپن والنجہِ ژامُت

مُقرّر گو وٕنیشو امبترس لوٗدُکھ بور  ہٕنیوتُن تمی مَتہٕ پانس اوس منزٕ مو یور   45

وٕنیشو امیترن گرِھنت وٕون دِشرتھس یِی  وِیواہ ستن رامہٕ ژٕنٕدرس دٕوٕنی کرُن چھے

یہ بورِزت کوُت سأنیُن شاد دشرتھ  وٕنیشو امبترس لوٗگُس پادن وندٕنہٕ رتھ

یِہ وُچھنو کرمہٕ لیکھا کرمہٕ آسان  منزمی یور چھے بہانہٕ کھرُ چھُہ کاسان

لکھپن بوزِتھ ننکھ راژ سپُن شاد  اُچھن منز بٲگ زٕنِن رامہٕ جوٗزٕ یاد

سیٚٹھاہ گوس مَن پرٕسند خوشحال سأنیُن  وہٕنز آرتھ شینچھی لرِٕن تس دشرتھس کرُن   50

لُرن شینچھ دشرتھس تُھو رانٕہ نٕہ نکھن  ژٕ یہٕ ماوٕ وِیواہ کرُن چھے رانٕہ یوٗنرَن

سیٚٹھاہ سامانہٕ پیرتھ رانٕہ دَشرتھ  گرٕہم پُن سٕنٕزٕ ہتھ سالری لعنترٕ ت

تِتھے پُنھ من گرٕہم پیزٕ سٲودان شاد  وٕنیشو امیترس دوٗپُن صدآفرین باد

یہ وُچھنو کیا چھُ آسن دیہ کارن  گرٕہان چھے بٕیلہٕ مِلہٕ دأں لاٗی کارن

مُقرّرِ یِی سپُن یاسانٕہ سامال  تِتھے مہارازٕ گرٕھ پُن خوش نٕہ کھیلاں   55

پگاہ سِرِن بِرن گوہ بٕیلہِ شعلہ ترِوُن  دپان دشرتھی سمَے ئرٕ شوٗدٕ نوُوُن

سمتھ تس آس قبیلہ سور کرُونے
دپان خاندر کرنہِ گرٕھ رانٕہ سوُنے   ٥٦

---

ٮ نیتھ سطرہ چھُ مانے مشکوک روزان +

# ییٚنہِ وارِیک گیوٗن

ونہٕ ونہٕ منز رٔژ واستاد رائے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

اوم شند سیٚتِن شوٚ کلم کرِتھ
ونہٕ وون ہیوٚ تنٔے ماجہ بوٚ آئے

اولہٕ سیٚتی سرسوٚتی ییٚنہِ ونہِ یایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

وبزِ یاسوٚ سنیرِ نھ دیوِ یہ آیے
ییٚنگلا نہٕ منگلا شاردا ہتھ

شوہ بہٕ پھل دٕ تنٔے ماجہ رأگینایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

پھاوتھ ہیہ پوشِ ماجہ شنوایے
دوہٕ نزیہٕ ووہ مایہ گوٚرنے باد

سامانہٕ گونڈٕ نے ماجہ شارکایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

لکھمی سیٚتی رو پہ بوانے
سوہ نہ مالہِ موختہ مالہٕ زٕھنس نالہٕ

وآلی ژالہ گنجنس ماجہ کالہ کایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

شبتلانہٕ تو نلا رامہٕ مایے
ڈبکس ہیٚٹھ ژندرمہٕ برٕ زلان پھس

سوہ نہ جامہٕ گنڈٕ نے کو سلیایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

گانیزی نہٕ ساونزی ژرسند یایے
زلن گامہ نار منز ژنٔے جایے

پکہٕ نہٕ شند بوٚد رسند برگہٕ شکھایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

وسِشٹ نہٕ برٛھما ویدیران درٛایے
برھما وِیشن نہٕ ایشر درٛاو

نمسکار بوٚونے کرمہٕ لیکھایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

یئندرانہٕ درمہٕ رانہٕ برق اندازی
جاو بران کیکی ونہٕ وان درٛایے

برٛھجی شتر گن دٕ چھنے درٛایے
شامہٕ ریپہ رامہٕ گرِٛھ سیتا یے

ساوِدان مَن گوس شاٗدی کرانی — منہٕ کنٛو لوٗلہٕ سنتو سومنترایے

ناٗلی مالہٕ ژھنٛنس کو سیلھایے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

ہیٛنگلا نہٕ منگلا بدٕرِ گل آیے — باوِکہٕ سیٛر منترٕ ہیٛتھ پوش

پیٖترٕ سنتو رامس لاگنہٕ آیے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

تیٖشر منٛشر سنتو تس دٕرایے — تُہٕ وٕنی لوٗلہٕ سیٛرٕتھ سنتو ہیٛتھ درایے

نمسکار بو ونے وٕنیشنہٕ بایایے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

دیوِیہ وگنے پیٖنہٕ بروٚنٛٹھ درایے — بروٚنٛٹھہٕ بروٚنٛٹھہٕ وگنہٕ چھِہ سوزکران

پتہٕ پیٖنہٕ دیوِیہ وَنہٕ وان درایے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

کم کم پوش پٕنٛنہٕ ناگہٕ درایے — بیٖیرٕ سنتو لاگہٕ ماشری رامس

منہٕ کنٛو سیٛرٕ سنتو لاگنہٕ درایے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

پرکاش چونے چھے پرٕنہٕ جایے — گٹہٕ ژٕ جاے چانہٕ درشنہٕ سنتو

دیوی تہٕ دیوتا شرنی آیے — شامہٕ رٕبہٕ رامہٕ گرٕتھ سینایے

## شری رامہٕ سُند یٕنیہٕ وول

گونڈکھ ساما نہٕ سورٕے رازہٕ پوترن — سپُن خوش راز ڈیشتھ رازہٕ پوترن

برنٕھ سامانہٕ اَز زربفت اطلاس — سبھاہ ناٗلی موختہ مالہ ساسہٕ بدی ساس

گرُ بن ہستین گونڈگ سامانہٕ از زر — سراپا غرق گے در زر و زیور

کرکھ شاٗدی ارابن گے سوارہ — دنن ہستین پیٹھی ووکھ نقارہ

تیاٗری کرٕکھ ساٗری درایہٕ شادان — رتن شترہ رامہٕ جُونن سرپہٕ تابان

طبل دوۄنک سپُن یِژ شادیانہ — زنٛگھ رازُن گرہ سائپنٕز روانہ

سُمنٛتھ تمِ اسنہ اسنہ دراِیہ خوشہ دِل — پکنہٕ لگی رسہ رسہ مُنزلِ بہ مُنزل

سبٹھاہ شادی کراں مُنزل گرِ کھ طے — بنادی رازہ زنٛکھن گرہ گرٕ ٹھنہ پیے

دپان نئ رازہ زنٛکھن فرشِ مخمل — دھرمُنت لولہٕ باغس ہی نہ مسوَل

دِچھِت ساماںنہ آتشرِ کار سائنُن — دُچھِت تمِ رازہٕ لوکھ یِژ شادسائنِن

ہتن دُچھ دُچھی سبٹھاہ گو شاد رانہ — دُچھنٛہ مہرازہٕ یِژ گو رازہٕ نازہ

گرٕ کھ شادی مُنادی دراِیہ بازار — سُمنٛتھ یِن رازہٕ زنٛکھن گرہ لاچار

دِتِنک درمیس خزانہ راج تہ تاج — بلا شک واتہ یوٚنت یُس آسہِ محتاج

سبٹھاہ گوٚ نگر خوش شادی نوٚ دیٹھ — گرٕ کھ یِژ دھرم وان لگنس پیٹھن پیٹھ

## لگُنک گیوُن

شیرس لاگے پوش پو ہتیبے — سُنیٚیَے دوتے دیواہ کال

شوٚ کلم کرِتھ اوم شبدٕ ستیبے — ویدٕ شاستر دراِیہ رٕنی رٕژ گیون

وولہِ باوٕ زنکھ مہاگینہ ہتیبے — سُنتیٚیَے دونے دیواہ کال

دیزیاستی چھے بیٚیہ سرسوٚتیبے — دِیہ وہ منزرِ شوٚ یہ واسنادراِیے

شوٚ ناتھ درِنے آو پارٕ وٗتیبے — سُنیٚیَے دوتے دیواہ کال

جمنا شارٕ داچھے سیٚنی سُتیبے — نمہٕ ناپادن گنڈٕ ہئے سوٚن

تُو تیشور درِنہٕ آو رٕاگنیا بہٕ ہتیبے — سُنیٚیَے دونے دیواہ کال

ہنگلا منگلا بُدرٕہ کل آییے — برہماکران اوس دارٕ پوٗزا

دارس اَرکہ پوشن لاگی ہنگہ سُنیے — سُنیے دوتے وبواہ کال
زالمبو در بنیہ گنہ پتیے — کرہے پوہیر کوہ نگ پوشہ ڈوری
بالہ ہامہ بالکابہ وَنہ ؤن ہنیو نیے — سُنیے دوتے وبواہ کال
اُکن گامہ شوابہ وَنہ ؤن ہنیو بیے — دوہ ترسہ دوہ مابہ کرئنے جابے
لولہ چارنہ زنکھنہ گرہ چھی ییلیے[۱] — سُنیے دوتے وبواہ کال
سوہبرنہ دیوی دیونا سیبیے — برھمانہ برہمن وید پران
لگتس وُزتھکھے رامس سُتیے — سُتیے دوتے وبواہ کال
زرسند اودرسند پونہ سند سُتیے — اُگیان ترآوتھ بیون بیون ناو
دنشٹ مہار یوش چھے سندان ییلیے — سُنیے دوتے وبواہ کال
چھے رازہ وچھان برونٹھہ نے پتیے — دوہ یہ بوانہ زٹ واسہ گرجابے
اگنس کن ژی اتھہ دار ییلیے — سُتیے دوتے وبواہ کال
برھما وید پران برونٹھہ نہ پتیے — سنز کرنہ آیی یدرہ کالی
رامہ جو وَرنہ آو بنابہ ییلیے — سُتیے دوتے وبواہ کال
کرشنہ جون اوتار دورن بیلیے — رادابہ درنے منز دوارکا
ندہ گوربن گرآمت چھہ ییلیے — سُتیے دوتے وبواہ کال
رازسون بوزورن ترپرسندریے — شیتلانہ توتلا رکھیا کار
لکھمن جو ورنہ آو بد ماؤتیے — سُتیے دوتے وبواہ کال
وشوامیترن میل کرتھ دیتیے — رازہ دشرتھ گرہ ہے آو
برتھ رازہ ورنے آو بھگوتیے — سُتیے دوتے وبواہ کال

---

۱ یم ساری دیوی دیوتاہ چھہ چارنہ لولہ ستی ونگینس ییتی زنکھ رازہ نہ گرہ

دشرتھ نِنہٖ کولہ برداّر داّری   سنزتے سامانہ چھے کران
شُرگن ویٖرنہٖ آوپد ماوُتِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
تِرکوُٹی دِیوتاعہ سنیو سنیو اُسِنِیے   لاٰیِس چاٰیِس جے جے کار
نرکارن تربوَن سنیوعہ سنیو اُتِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
دِیوی چھے کران پوشن بھوٗتِنِیے   راٗز کہ مارِ کرِہ پوشہٖ پُوزا
نِیرس پوش لاگے دوہ دِلہٖ بِلہٖ پچھِتِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
دِیوتا اندی اُندی وُچھان چھی لِتِنِیے   لا یہ باٗے گنگہٖ وسہ منگہٖ ناویکھ
لا یہ باٗے لا یہ ھاک دِژ بروٗنٹھہ شِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
اُکِھمی نہ ہاٗری آیہ یِرِہ اُسِنِیے   اشٹادشہ بوز سال کران
اُزکری شو روٗپنے آیہ بھگِہ تِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
دکھِنا یہ یِٹلہٖ دیلہٖ دوتُے اُسِنِیے   وسسٹ مہارشیوں تھالہٖ ہتھ داو
بِکھہ دار برہمنو ہنہٖ موہر پھوٗتِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
مہنزی یوٗر موہر منگِنہٖ آوُے تِنِیے   دکھِنا دِنہٖ وِنِہٖ کورُکھ یاد
نندگوُر دوہ دہنھ آسے یوٗنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال
پرکاشہٖ چانے گتہٖ گجھ بِتِنِیے   شری رامہٖ اسہ دوہ ذی درشُن داو
اندہٖ کاروہ ونِدِنشہٖ کاس بھگوٗتِنِیے   اُسِنِیے دوتُے وِیواہ کال

## وِیواہ (لگن)

وٗیشوا مِیترن لگن ووٗن راٗزِ زنکس   اُنِکھ سِیتانہٖ پُشرِکھ رامہٖ تُندرس

ژٕنِکھ بُوزِن اَنِکھ ساعؔری قبیلہ — کوژُکھ وِبواہ بِتن رُوٗدُک نہ حیلہ

ژٕنِکھ رازٕس پیٚنِژ اکھ اَس کوٚہ تاری — سوٚ پُتھران نِکھٕنس خوش گاس ساری

یِزٕ آسس باوٕزٕ پُتھرن ہِنٕز دٔولن — بَرُتھ بیٚنِہ اوس ماس سِنِہ تشُر گوٚن

گرٕکھ نیزی نہ خوش ساعؔنیُن سُہ دشرتھ — کوٚرُن خاندر نہٕ گرٕ کوٚ ژورٕنہ شِہٕ ہیٚتھ

گرٕکھ شادی اراین گیہٕ سوارہ — ژٕنِکھ رازٕنہٕ گرِ ساعؔنیِنہ روانہ

سُہ دشرتھ لبِن گوٚ پیٚنِس ہَرس کُنٕ — یِکن گوٚ لوکہٕ سینِی پیٚنِس گرِس کُنٕ

گرم بازار ساعؔنیُن دھرم کا راج — مَنُش گیہٕ خوش کانہہ چھُنہٕ کانسِہ مُحتاج

بکان گوٚ دوٚت یِلہِ توٚت بار گوٚ رام — کماں پُھٹرِن دوٚپُن تس کرٕژِ آرام

دوٚپُن تس گرٕتھ ژٕہ پانس بیٚنِہ کھٹت روز — بنٔا ہت وٲژ وَہٕنی اسہِ نش پوٚرٕنے بود.

یکَن سوٚن روٚپہ چھکن گرٕ ڈا سوٲری — شمتھ تِزیہ آیہٕ لچِھہ اَتھ باڑی پاڑی

تُند درشُن وُچھت تِمہ پان گالن — زٕہ آژ گرن موٚخنہٕ روٚد والَن

یوان درشُن وُچھنہ ساعؔری گَنڈِتھ گلُو — گران آژ جگر گوٚشس وندِن دِل

وِنِہ گو شِکھنہٕ نوٚڈ دے وٕیاد کاعؔسن — نوٚس رازٕس مبارکباد آعؔسن

مُژرِکھ گنج پُتھرِ آوکھ غریبَن — سوٚ بس تل غرق ساعؔنیٚو ساعؔری برہمن

## اجودھیا کانڈ - راج تلک

.جمع ساعؔری سپنی ارکانہٕ دولت — تِنوٚ کرٕ ساروی رازٕس سِتن کتھ

دوٚپُکُ نگرس شمِتھ گھر گھنڈ کھیاوو — نوٚس رازٕس پیٚنکس مٔنیہ ناوَو

مُقرر گوٚ پگہ صُبحُن پرٕ باتَن — سٔنِ منِھ رین رامہ ژٕندرس تاج پُتھرن

برٛہسپت سِرِیہ بوہ دیٚیلہِ گوس گینٛدرِس    دپان نارد رِیٚشی وٚون رامہٕ ژندرِس

مہاراجا نرایِن چھکھ ژٕ نہ امُت    خبر چھے نازٕہ کیاہ چھک کرنہِ آمُت

# لیِلا

ژیٚنو ہیٚرہ ہیٚرہ لگ سہ پہٕ نے    اسار زان زن برٛم سمسار

مُوڈہِ رٚژِ منس کیٛا سَنٕہ سَنے    بیگانہ گوٚنزرُتھ پننُے یار

امرتھ ترٛاوِتھ ویٚہہ لوٚگ سہ کھیٚنے    اسار زان زن برٛم سمسار

کمَن وِسنارن لوٚگ کھیٚنے    بش کیٛا گنزرٕتھ یِم چھِم دِیار

بیٚیہِ یِم شُرِی بأیہ چھِم رٛوٚنٹھ گنے    اسار زان زن برٛم سمسار

کایا دٚہہٕ اَگہِ رِگیو پیٚنے    ژٕیہ گوٚنہٕ منس گوٚرُتھ وِچار

اَسنہٕ اَسنہٕ وارِس لوٚگُکھ کھسنے    اسار زان زن برٛم سمسار

زأنتھ نہٕ مایا پانے سنے    ہا اَنہٕ گوٚنہٕ گوٚکھ خبردار

آکھ نے لوٚنے گرٛ ھکھ نٛتھ لوٚنے    اسار زان زن برٛم سمسار

سِمیٚس وأنِتھ پکھ ژٕ وُنے    افسوس کھیٚکھ اِدہ تیٚیلہِ کیاہ نار

سوٚنتھ سُورِتھ نہٕ ہرٛدٕہ آکھ نٹنے    اسار زان زن برٛم سمسار

دَیہ دَیہِ سوران یِم منٛتر منے    موکھ ترٛاوِتھ بوٚڈ چھُ ہرٛدِ یک سار

ہرٛدے کِہ کوچہ پھیٚر با ہنہٕ ہنے    اسار زان زن برٛم سمسار

شمت پانے آسَے وَنے    گاش ڈیشِتھ ژٕلہِ انٛدہ کار

گٹہٕ دور گژھتھ بہ گاش سنے    اسار زان زن برٛم سمسار

---

ا اَے زیوہ    ۲ زبانی سود رنہ کھو نہ چھِہ دِلہ کنی سوُرن تھوٚد

# کیکی مُنٛد ژھل

ژٕ رُوشتھ یہنٛز لولس پونز تراوتھ | یِمی کٔس یوت نِمی کُس منہ ناودھ
دۄپس تٔمۍ نار دو بوزکھ ژٕ پانے | تہندٕ انزانتھ کیتہٕ کیاہ تال وکانے
یِہے کتھ بیٚلہ یتھ راژس ژنہٕ واتہٕ | اِنہٕ تٔمۍ سرسوتی سووِن تمی راتہٕ
دۄپن لس کنٛ ژٕ گرتھ کیکیہ پھرمن | تتھے یتھ رامہٕ ژندرن تہنہٕ گدتھ ون
یِہے شتیچھ آس برتھ کیکیہ دول من | دِنٛ راژس ہیوتن راژن تھوُدن کن
دپان بیٚلہ راژہ گو کیکیہ تش رات | دۄپس نٔمہ دپ مبہ مانگے تیٚہ کینہ زات
منگے کینژھا مبہ دِیکِن تِی گژھیم دوپن | دۄپس تمی تورہ دِیتنے دُتی گژھیم پن
اتھس یتھ داس دِتھ کورس بندانے | ژٕ یود دے ژٕ منگکھ لینژرے بہ پانے
چھِ کیاہ چیز امنگتھ آسنہ دِمے نا | دِیکہ یوت بنٛ بہ لوت تمتھک دِمے نا
وچھو ترٛیہ باوکنی بیٚلہ دورس کن | تتھے ژیتھ کوس یُتھ کِہ ہیٚس نہ دشمن
دِپن کیکی سیٹھاہ تش آس دلخواہ | دۄپس نٔمہ رامہٕ ژندرن راج چھم داہ
قسم چھے ناکیوم مت گرتھ وعدہ پالن | میتھر چھین شیتھر گژھ مولہ گالن
برتھ گژھ راژہ آسن رام ونواس | دِپن کیکی وچھو ادبار کیاہ آس
تتھے بوزتھ وستھ پیو راژہ برخاک | کورن جامن تہ جانس ساری چاک
نہ بوزتھ راز بنھی کنی تتہ پتھر پیو | تتھے یتھ ساری گنز ژکھ سپن تھو
وودن وارہ دۄپن لس کیاہ پہ کو رتھم | جگر ژٕ ژٹتھم فکم کتھ نار پوزتھم
ژٕ یہ آسی رامہٕ ژندرنی ماے وارہ | کورتھ لیتھ کیا وتھ بتھ کیا چھ چارا

---

۱ مجت تمندہ کرتھ۔

یہ کھِی دوٚپنے زِندے بِرِتھا تِہ زالُن
متھس امریت تِہ بَرگن مُولہِ گالُن

یہ کُی دوٚپنے زندے دِس تہ ون اپنِ نیرِ
مُہِ چھُم نی شاپ پانس چھُپے نہ تقصیر

اما کرِ مَ کھماسوزن یہِ ونواس
مَرِے نس رِدوٚست ووہ فی کرہِ مُ نمنیگ پس

یہ کینژھا چھُم نہ سورُے دِمہ یَہ کھس
مُہِ چھُم اکھ رامہِ جُو بس چھُم پِتھنُے بس

ونزانس رُووبنانس واپہِ واوہ
جگرِ ژٹھ تھم گیہم وائِنجہ پارہ

مہ کرِ یژھ بازی نیہ منتر کیا نفع چھُے
مُہِ بوزُے نُتھ یہ ووہ فی بینیہ کانہہ نہ بوزِ

تِہ نے بوزکھ دپُس نَمہِ پان ہارِے
یگاہ بیرَے نیبر کتھ رِنہِ کھارَے

تھنٔز گُون یرتھ ماتا مال گاٹہ ہنوٚ
گیکھ شیتھچھ نمِ نہ آسن نورِ آمنہٖ

رہیے کتھ گِیہ نیبر سیرس نیبر گو
وَدان آو رامہِ جُو رازس پرن پیہ

مُہِ دِم رخصت پلنگن بنیہ تِہ پانہ
ہَرِ نہ لوٚگ موخنہ اوٚش زن دانہ دانہ

دِیہوس یازن پلنگس بیہہ وندے رِتھ
دوٚپس تمی شاپھ یدلن چھُم نہ طاقت

ہیوٚنُن رخصت ہیس وِ نواس سانیُن
ستین لچھمن ہوٚنُن گے جنگلس کُن

گورزُن ہیوت لچھمن کا پنبو و آکاش
دوٚپُن رازس اٹھتھ راجس کرِن ناش

دوٚپُس تمی رامہِ ژنڈرن بیہہ ستمن وز
وَنے ووہ یہ دیش ادیا نمکُ کنو بوز

نہ بوزتھ ہاگ آسی شرانِ نُن ناپھ
نہ بُوزتھ پونی لگی سورُے ژلی پاپھ

سوٚرُن من تِہ نہ ونیکن دیہ گرتھو وَن
برتھا گنٔز راو یژھی ژنژل مہ سانین

ژٹہ یدوٚے راج بوگن چھُے نیبر نیر
گرتھ ہک لکا وچھتھ راجنہ نِشہ سیر

وُچھکھ راوٚن کران کیا سوکھ نہ آنند
ژٹھ یمہ راژہ ہوٚمُت گرِ گرِ ژھبند

یگاہ کس ڈاس کرِنس مرِ کہندِ سنتی
سہ مر ہے کو نہ نس سنتی بنیہ مرن کیتی

سُہ یٖلہِ مَرِہ ستھ دپان پوشس نہ یم زانٕ
مَرُن سارِنٕ پھُہ اِدکَس تتہٕ بچن بات

مرُن مشرو وٕیٖہِ نش دوسورُے
مَرُن یٖمی نٕون تٔمیٔ نٕورَتھہِ کھورُے

سُہ نٕمس بیہِ نہ یٖمی ساٖرِی دُوِی ترٕاو
دُوِپی نٔمی ترٕاو بیٖن نارٕ اَنی وَتھ ہاو

دُوِپی ترٕاوِنہٕ چھِی مایایہ رِدینٕ نارہ
مٖنٖتھر زانٕ شٖنٖتھر ترٕاوُن اہنکار

دوٕیمُ الیشرِ ینٕ ہب موج زانٕ
ترٕیٖمِ گورٕ شبد بُوزِتھ واتہِ مانٕ

بٕھہ ژٕدِرم کتھ یِہے زھارِنی سَنٕیح وٕتھ
رٕبہ ہینٕزِرم پان مشراوُن دیٖس پٕتھ

# وٕنہٕ واس گرٕھُن

مُقرّر بی سیٖن گرِتھہ رام وٕنواس
وٕوٕلُن نٔمی بُرزِہ ترٕووُن خاصہٕ اطلاس

اَنِکھ کیٖکی نہ پیٖرِہٕ نکھ بُرزِہ جامہ
پرٕنہِ لوگ شہر سورُے رامہِ رامہ

ستنی سیٖنا یکن گے پان مارَن
وٕدَن آس خون نیٖترو آس ہارن

وٕدن سیٖنا گیٖکھ فرٔی یاد لوٕینٕ
کَرِتھ کیٖشن پریشاں سینہ وٕوٕینٕ

دٕپیوُس رامہِ ژٕندرن روز نیٖتی بٕیٖہ
دٕوٕپُس نٔمہ امہِ وٕنہٕ وٕآلنجہِ چھم رٕیٖہ

دٕوٕپُس نٔمی کوٕت ژٕہ یکھ چھی پادٕ پیوٕش
دٕوٕپُس نٔمہ بوزکنس تل چھے سوٕنس پوٕش

دٕوٕپُس نٔمی کرٕہنگکھ ژٕ آلنِہ سفر زانٕ
دٕوٕپُس نٔمہ رٕشے رٕوا دٕوٕہس گرٕنھیم زانٕ

دٕوٕپُس نٔمی بوٕم نٕطہِ امہِ یکنہٕ چانے
دٕوٕپُس نٔمہ پی مٕہٕ اوسُم کرٕمہٕ لانے

دٕوٕپُس نٔمی بیٖہٕ ژٕہ گندٕ نام موٕختہٕ مالن
دٕوٕپُس نٔمہ گرِتھہ ژٕہ رُمہٕ اکہ بان زالن

دٕوٕپُس نٔمی بیٖہٕ ژٕہ چھکھ نوزُک گل اندام
دٕوٕپُس نٔمہ کٔمی کوٕرُم برہ مَندنیٖن شام

دٕوٕپُس نٔمی بیٖہٕ ژٕ بٕہ چھے پیوٕش ہیٖش تن
دٕوٕپُس نٔمہ چانہٕ دُوریرٕہ نارٕہ زالَن

---

ؑ سارِنی ... بچھُم آزی لفظ ... زٕہن ... ؑ ... بازوٕ ... عفی ... دٕرجٕ ...

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ رمہ وفی ژ ودش ئون ولن     دۆپُس تمہ چون دور ہ چھم چھو کس نون

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ نوزکھ ہیے تن     دۆپُس تمہ ہیہ ڈیشتھ گنڈی چھیہ کھورن

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ باغچ ہمبر زدل     دۆپُس تمہ کمی بمبورن گرم گا نگل[a]

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ باغچ ہیبہ پوش     دۆپُس تمہ ژے وُچھان رودم نہ کینہ ہوش

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ تازہ گلزار     دۆپُس تمہ تیچھ نہ قیمت تتھ گلس نار

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھی انتھ برگ قوسم     دۆپُس تمہ ژے وُچھال یمہ چشمہ لوسم

دۆپُس تمہ بیہ ژہ گرتھ باغچ ہبر لاگ     دۆپُس تمہ وہی کیتھو نھو وتھم دلس داغ

دۆپُس تمہ ژالہ کر دوکھ سخت چونے     دۆپُس تمہ مے لگی ما ژونہ گرو ہنے

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ نا مار نابان     دۆپُس تمہ نورہ پادن نل دمے جان

دۆپُس تمہ بیہ ژہ گرتھ شیچھ سوزمالین     دۆپُس تمہ نورہ زولتھم تا یہ تالین

دۆپُس تمہ بیہ ژہ رانس ہیتھ جگر گال     دۆپُس تمہ چون نیبرن آسہ نس کال

دۆپُس تمہ بیہ ژہ کوسلیا گری باو     دۆپُس تمہ سیر باونی وونی ہنی باو

دۆپُس تمہ بیہ ژہ چھکھ سارن اچھن گاش     دۆپُس تمہ وونی کرکھ ہینین ہرن فاش

گولابن کرن ئیژ آجز بمبر زول     کھٹتھ ژنہ رمہ تھوون نارکن تل

وننہ لوگ رامہ جو سیتایہ کن بوز     مہ ودوونی ئیژ وودتھ وارہ ژہ خوش روز

مہ ودوونی ودنہ سینن بران لونوے     مہ ودوونی ودنہ سینن گاش سورلوے

---

a. انکھ کیکییہ ہیرتھ بدرنہ جامہ + یرنہ لوگ شہر سورُے رامہ رامہ     (دگرنیرسن)

b. ددن سیتا گئیس فری باد لاین + گرتھ کیش گیہ پریشان سینہ واین     (دگرنیرسن)

c. دۆیم مصرعہ چھُ گرنیرسن ہیتھ یاٹھی لیکھان ــ دۆپُس تمہ کمی کورم برمندس شام +

d. دۆیم مصرعہ چھُ گرنیرسن ہیتھ یاٹھو لبوکھمت ــ دۆپُس تمہ کمی بومبرن گرمیہ گھا نگل +

مہ وَدوونی ودِنہ سِتنی گوٚے رنگ بیرنگ     مہ وَدوونی ودِنہ سِتنی شیٖشس پیوٚے سنگ

وُوٚنکھ بیٚلہِ بُرٕز ترٛوُوکھ خاصہ ململ     پکان گئے ژٕنہٕ وَے از راہِ جنگل

نہ یاں وُچھِہ شہرٕ کمیو لُوکو روان درٛاے     دُوُپک کیا سنہ دِلس منز کتہٕ رٕٹن جاے

دِلس پیٚٹھ داغ رُوٚٹ ووہٕ زٕلیو گلالو     دُوُپک دُوربہ اَکس ساتس نہٕ ژالو 30

گلُاس سوٕ‌سنگ ہیوٚ رنگ سأنیُن     نہ ڈٕیشت حال مسولہٕ ہیو ننہ کٲہ پُن

سینیو ساری پرٕزہٕ وِنی گُل اوارہ     پھولن تیٚلہِ بیٚلہِ درشُن دِن دوبارہ

پکان گئے ننھ کوٚہس پیٚٹھ آل ہیٚنھ روفنگ     بدل گوٚ زٕ ہیٚٹھی پوشن کار زٕکی کوہ نگ

سہ کیکی شیٖنہ ژھٹہِ منٛجھوری گیہ تیز     وَتس کُن لٔج خلأیقن پوہی پیٚنس ریز

ژُوٚنکھ مُنزلِ ژوٚنکھ منزوان کھوٚنکھ پان     خلق یتھ پھیری سأری آیہ ریوان 35

تِنھے تِمن گے ڈٕنڈکھ ون منز ژٕنکھ جاے     زٕنم کر یجھیر تہ کرمس کیاہ چھُ پرواے

خبر بیٚلہِ بوز کوسلیایہ کوٚت گو     وِنہ لٔج رازٕ پوٚترس کُن ژٕہ کُن کھو 37

## کوسلیایہ ہندو ولاپھ

کوسلیایہ ہندِ گوبرٕ     کرٛیو گوٗرہ گوره

پرٛیو رامہٕ رامہ     کرٛیو گوٗرہ گوره

کوٚتو گوہم ژٕہ ترٛاوِتھ     کسو ہیکہٕ حال باوِتھ

انی کُس مینہ نارٕوتھ     کرٛیو گوره گورَہ

لگیوٗ پوٚت ژھایئے     ہی کرٕتس ژٕ ہایے

نارس ووتھ تہٕ لایے     کرٛیو گوره گوره

کَنَن چھےٚ کَنہٕ واجے | شری کرِشنہٕ مہاراجے
زِگتُک چھک ژٕہ راجے | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
پھیرِ ہےٚ اَنٛدِ اَنٛدی | لاگے پوشہٕ گَنٛڈی
جامہٕ چانی سونہ سٕنٛدی | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
لول چون دونی میٚہ آمو | ژھار نھو شہرن گامو
بیٚہ گوٚژھہٕ ہیم ژٕہ رامو | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
نبرِ ہا بازاری | ہیبڈٕ نم گوکھ ساری
پادن لگے بو پاری | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
ہیٚرِ یوٚ دارِ پٔتی | لاگیو کارِ پٔتی
تارِ دِل گوم یِتٕھی | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
میٚہ دِیوم رامہٕ راجے | خوش اوسے نہ وہ رہ ماجے
آدِ نِکہٕ سبرہ باجے | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
میٚہ کموٗ شاپھ آسی | نَم تہٕ کونہٕ کانٛسہٕ کاسی
ژٕہ گوہم وَنہٕ واسی | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
ژیٚہ پیریِ نھم ترنہٕ جامہ | بوٚ ژھارنھ گامہٕ گامہ
پرَیو رامہٕ رامہ | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
لوہ لہ منتر للہٕ ناوتھ | جگرس منتر بہ ساوتھ
وِنہٕ نو کانسہٕ ہاوتھ | کَرَیو گوُرہٕ گوُرہ
ہیٚرِ یوٚ شامہٕ لٔٹے | باری میانی چھی ژیٚہ مٔٹے

گاشر لالہ ترٹے — گرَیو گوُرہ گوُرہ
دُور پر نو بہ ژالہ — کسُو کر ہتس حوالہ
لاچنھس مابہ ژالہ — گرَیو گوُرہ گوُرہ
اچھن ہُند گاش کوُت گوم — مِری بہ پر کاش کوُت گوم
کینہہ تہ چھم نہ آش کوُت گوم — گرَیو گوُرہ گوُرہ

## راژِ سُند حال

وِدِ نہ لوگ راژہ پیلہ احوال بوزُن — وِنہِ لوگ راژہ پِننِس ایشرس کُن
وِدُن وارہ تہ جامن کری نہ پارہ — وِنہِ لوگ کیا سا کوُت گیہ اوارہ
وسِشٹھن نس دپُن کیاہ چھکھ زِیادہ — یہ وُچھ دَیہ کاریتھ کیاہ اوس وعدہ
گوبُر زمس ژِ یَہ نش آمُت زاین — وَرَن چھے شیشہ ناگُک پانہ لکھِن
شترُگُن برت گامنو شنکھ ژِ کرِس — چھہ سیتا پانہ آمِژ بوم زمس
کشف چھکھ پانہ آدِت[1] چھے کوہ سَنیا — برُن چھے دپن کرُن چھے زمِہ تیا گا
کوُدوُہ تیھ وارِیاہ اگنس ہموُوِہ پان — ودان آس آدنی ٹھوٹھیوس ناران
دوپُن تمی منگ گرِھی کیا کوہ سہ چھے مان — دَپُس نمِہ اکھ گوُڑھم گوبراہ ژِ یِہ ہیوُ جان
یِنُ اوُسس پانہ نِش اور تار دارُن — کرِتھ کھبے راکھس راوُن چھہ گالُن
نُوَے بانچھ سین سہ پانہ دنوِس — ہینتھا سیتا یہ ہُندِ لنکا یہ کرِ ڈاس
تِتھے راژس سپُن درہم تہ برہم — دوُدُن وارہ تہ سانپُن گاش نس کم
نہ بوُزتھ راژہ یُژ سانپُن دوہ داسی — تمِس بوہ نِہ پراگ زنکی[2] پاپ آسی

---

١ ادِتی - کشف رِشی سُنز زنان۔ ٢ پرانہ زنکو۔

دِپَن مێنھ کُن دۄہہ اکہ وَن گوٗمُت اوس
تِمی دِنہٕ پاپہٕ وشہ سِنٛز انھہ نتر گوس

یکِن از دُورِ تمیٔ بوٗزِ ڈیٛھ ژھایا
گمان تس پی سپن گونہہ کیاہ بلایا

کوٗڈُن ترکش دِتُن تس تیٖر دٲرِتھ
ژھُنُن تمیٔ بےخبر تَیشی زادہ ماریتھ

وُچھُن رَتی بالکاہ اکھ پوٗتی سارن
ترُس تمہ تیٖرہ سَنٛزو زخمی کمبرژن

وَدَن چھِ تس وتُم دۄہٕ نی کیا کرن ہم
پتُن بب موج نابینا گیتھ پھم

ژہ گژھ دۄہٕ نی پانہٕ زن بےگوس دکھ تریش
ہتَن ادہٕ باوتس کیاہ آو دریش

تنھےٚ گو رازہ پانس نشہ تبر آتش
ہتَن نشہ تریش ہیتھ گو زن یتِن گاتش

لگس تم شانہٕ ژھارِ نہٕ ژبری کیتھہ آکھ
یدل ژھ ونک جگرس سانپنک چاک

پرٛژھک تس چھک تہٕ گَس اسی کیاہ چھہ ڈیش
اچھن ہندہ گاش اَسہ گوٗت گوپوٗژے فن

ونُن بانھہِ تن ہیوٗت تمی پتُن پاپ
دُسِن پتیہ دۄہٕ نہٕ وَسے تس پی دِنک ساپ

گوٗبرِ گوٗبرِ کران یوٗت تام گلی پران
تسندرش کرُن روزی تتہ زبان

نتھس رازس بدل ساٗئین نہٕ رشی تاپ
ژہ کر انصاف دۄہٕ نی وانیا کرُن پاپ

## دَشرتھہ سِندی وِلاپھ

وندیو مہ نہ بہٕ بادن — ژھانڈ تھو رامہٕ رادن[1]

وزرار ناگ و نہٕ لارے — تُنبرکِ تارہٕ پرارے

برھمہٕ سرہ کنو دِمے کن — ژھانڈ تھو رامہٕ رادن

اچھن ہندِ گاشہ مہیانے — خوش یوٗ ونہٕ نندہ بانے

کاٗلی راٗوم ہیے تن — ژھانڈ تھو رامہٕ رادن

---

[1] نوٹ - بنھہ لیلایہ منز چھہ مہرہ موکھہ گنگا یہ ہینزِ یاترا یہ منز ینہٕ دابین سادِتی جابن ہند ذکر یوان
دشرتھہ [illegible]

کشہِ تیر لو ہیتھم یمے        لشہِ چھم ناری ریہہ
اَتشہ پھیرن ہارم تن        ژھانڈھو رامہ رادن
مہاآلشہِ کنی ہمہ یو        ہرموکھہ ونی دمہ یو
ہمسہ وارہ گرِ ہتھ رٹےوَن        ژھانڈھو رامہ رادن
ژہ رُود ہم گتھ شائے        کرآنکہ ندی دوہ ڈھہ لابے
گنگہ بایُن چھہ آدن        ژھانڈھو رامہ رادن
عوصہ نو کینہہ مبہ چونُے        دَین ییلہ بانہ زونُے
پچار نو لآنی وعدن        ژھانڈھو رامہ رادن
ژہ زے گوکھو مبہ نشہِ دور        بیزے تیلہ ییلہِ گرِ ھیم سُور
دُرنے پونی ناگہ رادن        ژھانڈھو رامہ رادن
ناون تراو کینہ        باو ہرد ودمہ سینہ
ہاد موکھ تھاو لادَن        ژھانڈھو رامہ رادن
برنہ بلہ یتھ نہ راوَے        رامہ رامہ کرکھہ تراوَے
آلو دزِ بے نادَن        ژھانڈھو رامہ رادن
نیزن منز رٹے پاد        بُتھی شیرِ کنی دمے ناد
مَریو وُنہ چھہ آدن        ژھانڈھو رامہ رادن
ناران ناگہ پرارَے        وانگتہِ جایہ ژھارَے
پرارے سینی سادن        ژھانڈھو رامہ رادن
سِریئیں چھہ گاش چونُے        سُے چھہ پرِ کاش چونُے

6

سُے پُھے یُو گِہ سادن    ژھانڈ ھورا مہِ ر ادن

## راژِ سُند مرُن تہٕ برتھٕ سُندیُن

وٕ نِہ نہ لوٗگ راژہ باں احوال بُوزُن    کرِ نہ لوٗگ زارٕی پنٕنِس ایشرس کُن

وٕ ووُن واراہ نہٕ جامن کرِتہٕ پارہ    وٕ تہٕ نہ لوٗگ کیا سنا کنہٕ گوس اوارہ

وٕ دِ نِہ لوٗگ دَھرمہٕ رازَن کرمہٕ بی لیُوکھ    گیٔس یی ماں کوسلیا یہ یش یوکھ

دوٗپُس نمہٕ توٗرہ کیاہ کرھَم ژیٔہ نیکی    یہٕ کینٛہ اوُسے نہٕ لپُٹھرو وتھ بہ کیکی

دوٗپُس نمہٕ تورہ کیاہ وٕوِہ بکار کوٗرھم    جگر ژوٗٹھم شکم کیتھٕہ نارہ بوٗرھم

اُچھن ہُند گاش اوسُم رامہٕ اوتار    گُڈٕ نہ ژھنٛتھم نہٕ کیاہ دِ ینتھم زندے نار

دوٗپُن تس کُن دوٗدُس منہٕ نہٕ النم ووہ نی    دزَن چھُس ہِم بزَن تِم پالتم ووہ نی

پرِ نہ لوٗگ رامہٕ رامہ صُبح تا شام    دزَن رالنَن پرٕبالنَن ہیٛو تہٕ آرام

پرِ نہ لوٗگ رامہٕ رامہ لین سائینُن    سہٕ انتر موکھٕ گو آئینہ سائینُن

کرَن یُس راژہ لوکن ییٛٹھ حکوٗمتھ    برن شوٗرشہٕ وٕدَن نیترو ہوٗرُن رتھ

ولِنہٕ زن اوس آمُت کریڈٕہ زالس    کرِ نہ لوٗگ چاک داماس نہٕ نالس

سپُن بیہوش تخت و تاج ژھوٗون    وچھنھ گو بائینٛ ہندرِش ہیُوٗن

پنجرہٕ مشنِر باگ بیلہٕ لوٗنت لوٗنت نبر دراو    وچھنہٕ لوٗگ کَس چھُہ زامُت کُس یمَس زاو

ژُرِن جبہ جامہ موٗکہٕ لاٗون اَتھہٕ کھور    وُٹِن نوٗدار[1] ژھارِ نہ لوٗگ تھ وٕ واہ پور

وُچھن نہ کانٛہہ گوٗبرُ نہ کانٛسہ ہُند مول    اکِس اکھ دیہ سینٛنٕ دیہ زن زوٗل[2]

---

[1] جیٚکو نو دراژہ اچھوِ کن وغیرہ [2] ییٛتھ کنی اکھ اَگہ ییٛتھٕ چھُہ دیٚم ژوٗنگ زالنہٕ تہٕ روشن کرہ یوان - تیٚتھے کنی چھُہ نالہ نشہ گو برُ ظاہر سپدان - ییٚتے چھُہ تیٚہُند اکھ اکِس سٕتی سمبندھ - امہٕ علاوٕ چھُہ سوُرُے اپُز۔

دوٚدن داراہ نہ سمسار اروان اوس — دیَن کیکیہ پیٹھ ناخوش سیٹھا اوس

سوٚ لس بیلیہِ تارہٕ ستین زولس نو — سوٚ کیکی آیہ من لس تس ساوِ داں گو

شترگنُ برتھ تانا مال گاٚ منٛز — گیکھ شیچھ تم نہِ آسن بُوری آمنٛز

شترگنُ برتھ مالِنہٕ منگہٕ ناوِن — تم آیس تام تن احوال باوِن

20 وِنِہ لوٚگ برتھ جامن کرنہٕ پارہ — مرِتھ کنہٕ مول میلیم بیٚیہ دوبارہ

مرتھن میٚتر سارِسی فریاد لاٚین — یتم درشُن دِتم لس ناد لاٚین

ہین چھووُن کلہ چھاٚون کلس پل — لبن کنہٕ ہری یہ گومت انِہ گٔش تل

ژوٚٹُن سینہٕ دیُتُن لس زورہٕ نالہ — دوٚپن لس کُن بوٚ کس کوٚرتھس حوالہ

سیٹھاہ لیتُھ گوس ژٕ رتھ اوس ہارن — دین یِی اوس ووَنی کیکی بو مارن

25 وُچھن برتھ جایہ کوسلیا یہ لش ژاو — ودن دوٚپنس یہ کمیٚ ژھن معصومن دلو

وُنم ووٚنی کیاہ سپُن نہٕ ونی کھیمے وینہ — دوٚپُس تمہِ تاٹھہ گوٚبروبرِ ونتھ کنہٕ بیٚیہ

کرِن دیوانگی سینس دِنن چاک — سیٹھاہ کیکیہ پیٹھ سۓ ہین غضبناک

دوہ نہٕ وَسے کلہ ہنتھ تمہِ لٔلہٕ ناوِن — جگہ منٛز رتھ تن سوراخ ماوِن

وَدن دوٚپنک لسوتوہ ہیہ اسِنوہ آسے — میٚیہ چھم لس رامہٕ ژندرس کھوٚنہٕ نٕہتر ماے

30 دیوٚنک کروٚ دنرا وِتھ رُوزِ توو دوہ ژٕ — تُنُد کارن میٚہ لش زیٚہی بوٚ زِ تو دوہ ژٕ

دیَن تمیٚ ماجہ پیٹھ واراہ نبر وٚدن — قبیلہ کھوٚنہٕ واراہ داد گو توٚن

وُچھو ووَنی کیاہ تھس راز سن لنتِھ آو — دیتُن زُوزیوٚہ پیٹھ ہنتھ گوٚبرہ سُدناد

خبر چھا رامہٕ ژندرن بوٚ نیٚ یا نہ

33 ڈنڈک وہ نہٕ منٛزہ روٚزمُت نٔی مکانہ

# برتھجی سُند ڈنڈک وَن گرٛھن

أچھو لوٗگ رتھ ہرآنے — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے
شیٖرِ پیٹھ تاج ترووُن — برتھ راژہ منگہ نووُن
تنہٖ جامہ ہٹِر رووُن — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے ۱
شاپس کیٚنہہ نہ بلاج — برتھو شیٖر ڈیٚو تاج
مول مٔرتھ ماج کریا راج — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے ۲
شور گو آسمانس — زلہ زلہ گو جہانس
راژہ کھوٚت پیٹھ وِمانس — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے ۳
سمِنتھ آو سور کرونے — کوٚت گو راژہ سونے
چارِ نو کینہہ نہ زونے — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے ۴
سمِت آو سور قبیلہ — وَنیاہس ژایہ وِ بلہ
کالس کیٚنہہ نہ حیلہ — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے ۵
ژٔسِتھ آو سور عالم — کیٚہ کیہ پیٹھ کورکھ زم
کالس کیاہ تمیک غم — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے
رکِیکی لجٕ رِ واآنے — بُنھِس لجٕ رب لدآنے
مٔرتھ گو کیاہ میٚہ سنے — رامہ رامہ لوٗگ پرآنے
سوٚ مٔنتر لجٕی رو آنے — زویرہ لجٕی نالہ دِتنے
بوہ دھیبرِ سیاتنے — رامہ رامہ لجٕی پرآنے

کوسَلیا آیہ نالن    سوٚمبِل کرِن وٕن گلالن

دوٚپُن تن نارِہ زالن    رامہِ رامہِ لَجی پرأنے

کوسَلیا یہ دوٚپ مَت تہِ وٕن    ہیٚور کھوٚت کِنہِ وٕ وُٚھم یوٚن

سوٚمیٚترا یہ دوٚپ پھرِن سوٕن    رامہِ رامہِ لَجی پرأنے

مارنہِ لوکھ لَگی پان    کِیکِیہ پِٹھ کرِکھ مان

کاس کیاہ چھ اَومان    رامہِ رامہِ لَگی پرأنے

شترُگُن چاکھ دِتھ دراو    بوزِنہِ کینہ ہِ نِش آو

دوٚپُن پیوٚ معصومن واو    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

برتھ رازہِ دراو لارن    اَچھو کِنہِ خوٗن ہارن

ڈنڈک ون ووت ژھارن    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

وُچھُن پیٚلہِ سرِیہ رُوپِس    گرہنہِ سینی کوٚٹ گوٚمُت بِش

کوٚٹھِن تاں ووٚمتُت مس    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

وُچھُن پیٚلہِ ملشہ خانہ    ہوٚرُن اوٚش دانہِ دانہ

پیٚومُت زن آسمانہ    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

برتھن پیٚلہِ سُہ حال ڈیوٚٹھ    دِستھ ہیوٚ تان پتھر بیوٚٹھ

دوٚپُن یادن دِمس مُیوٚٹھ    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

وُچھن ہموٚشس ہِش تَن    سینی منزِ خاک ہَن ہَن

منِتھن ہِم یاد نیٚترن    رامہِ رامہِ لوٚگ پرأنے

دوٚپُس تُمی رامہِ جُوٚن    برِنہِ چھکھ کیازہ ژھون

کوٗتوٗ چھک یوٗ ریوَن  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

بَبَن ماجہ کوٗرمہٕ سمواد  وُچھم کیاہ چھُم یہِ روئیداد

بٔنیہٕ یورچھُم نہ کینٛہہ یاد  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

بَبس ہیتھ نالہ ترٛووُن  دآدی لَد مَنزٕ چھوٗوُن

بآیس حال بووُن  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے  20

بَرھُن حال وٕوٗنس  وَستھ پیوٗ ضعف اوٗنس

دوٗپُن کھ کوٗرس بیکس  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

کِتھو پُرھِہ اوس سُے ساتھ  بَبن کرِ آسہ دوٗہس راتھ

بُہ موٗ ہیوٗسس ژہٕ بنس زاتھ  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

دوکھ نہ دآدی سخت ژآلِن  دھرِکی وعدہ پآلِن

دوٗہ بیٚلہِ نکھہ وآلِن  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

دونٕہ دود واریاہ گوس  بَرھنس کرُ ونان اوس

مَنٛزِ یَن آسہ گوٗٹ گوس  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے  24

کُسوٗ ہیٚکہ وٕ یاد کاسِتھ  بہ اوسُم سُہ زنٛدہ آسِتھ

بُہ نو دونی نور ہیٚکے ہیتھ  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

وَدِنہ لوٗگ بب ژٕبنس ہیوٗیں  تِنھِے ہیتھ شُر سنٛز موس

نٕتھن ژہٕ دتھ برُن یوس  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

میٚہ نو دونی کونہ کریم ہان  بہ کس کرِ مِتھِہ بیٚنُ پان

کوٗتوٗ ژٕ وٕلہِم ژہٕ بھگوان  رامہ رامہ لوٗگ پرآنے

کوٚتۆ ژولہم میٚہ ترٛاوِتھ — کسُو ہیٚکہ حال باوِتھ

اِنی کُس مینہٕ ناوِتھ — رامہٕ رامہٕ لوٚگ پرایٚنے

سِری ہِس لوٚگمہٕ گرٛو ہنٕے — میٚہ نو زاہ مول نوٕنے

وُچھُت ییٚتہٕ حال سوٕنے — رامہٕ رامہٕ لوٚگ پراینے

برٛھو گرٛژھ نگرٕ کُن — کوٚسَلیا بُوری سوزُن

میٚہ نو ووٚہ نی نور چھےٚ ہِیُن — رامہٕ رامہٕ لوٚگ پراینے

گٹہٕ پٔیلہِ سُورِ پھوٚل گاش — سِرِین ترٛوو پہٕ کاش

برٛفنس سُور بینچ آش — رامہ رامہ لوٚگ پراینے

## شری رامہٕ سُند ہٕنس وَدُن

دِین پٔرِ کِنی چھُہ بب گوٚبرِس ترٛاین — وتَو یٚتھہٕ لُوکھ بَرٕ پستین چھِہ لاین

یِمن چھی پاپہٕ ستنی بب ماجہ راون — یِمَن اِدہ وَتھ نہٕ نو چھےٚ کانہہ نہٕ ملون

ییو مُنت زِن چھُےٚ سہٕ آسان آسمانہ — سہٕ یوٚ دوَے مونختہٕ پھوٚل مول چھُس نہ دانہ

سہٕ کرٕ چھُےٚ کانسہِ کُن اِدہ وُچھتھ زانَن — تِمَس چھی وَ نہٕ پکِنس تیرٕ ژانَن

تِمَس چھُےٚ سارِ چیزَک لُوب سوزن — تِمَس کرٕ کانسہِ منگنس چونٹھ پھوزن

تِمَس اِدہ کرٕ چھہٕ روزن کانسہِ ہیٚنز کل — سہٕ چھےٚ ڈولہٕ ڈاپھ دِوان کولہٕ ہٹھین تل

سہٕ چھُےٚ اِدہ ژور ہیُو آسن رٹِن وَن — گکَن نِش تا پہٕ سِتِن شِین زَن تن

گوٚبرٕ تامِس نِشہٕ چھُےٚ گٹہٕ اندرلال — سہٕ ٹوٚکی پوشہِ نِیِ بَب موج ٹُہٕ کال

دَ ہنہٕ لوٚگ سوٚپنہٕ کِنی وُچھِن ہِنُ مول — ییم نا لول کا ییم چھُم گوٚمُت ہول

کنو بوزکتھ بہ راوٗن اوس نکھنی — کران پوزا سمبرس ہیتھ شوہ رنی

ژٹان دٲہہ کلہ لاگان اوس شوس — دوہے پوزا کران اوس ہیتھ سمبرس 60

کرتھ پوزا دپان ییلہ اوس موہ کلن — کلہ دہ بیہ برابر آسی سپدن

بہ کنھ بوزتھ سہ لکھمن آشرس گو — ووٗسن دوہ پدیش شری رامن ژینس نھو

وچھو راوٗن مہارتھ کیتھ بلا وبر — مرن اوسس نہ کتھ کن ساپنس نیر

نرہ کر دیہ دیہ ییس وانکھ لیکھ وتھ — اسنہ نرا دکھ نہ ادہ پرا دکھ سنج گت

گرکھ شادی منادی درایہ دتھ تاج — وبیشن لانکہ ہیتھ گو دھرم کا راج 65

دین بوٗنہ نام چھ تاباں سریہ ژندرم — کرن راجت بہ لنکا کینہ نہ نس غم

سین ییلہ لانکہ ہیتھ اسرن یہ سمہار — دپان پھیرتھ پکان گو رامہ اوتار

ژتھ ییلہ تم اسرتنہ موٗدی ساری — سپنی تم ینزی نہ واندر زندہ ساری 68

## سیتا جی ہنز اگنہ پرکھیا

ونیچ سرِ دی وچھتھ ہیندیو وبلبل — توے گل ژھانیس نہ کوٗر تغافل

نہ مازون ہرد اتھ نے گلالن — وندس مانا یہ سپن چشمہ زالن

ببرژھپیھ دتھ گھٹتھ دوزتھ ہیمرزوہ ول — تتھے ییتھے پاٹھی سنزی کو لہ ژھبن نل

گل کوسم نہ بیہ وڈھی نہ زندور — ژلن پانس زمستانس لدن پور

سمت ساری بہارکی گل بد نیچال — وندک بوزن گھٹتھ دوزن بہ پاتال 5

گماں گونس وندن ماکور گلن توٹھ — تتھے وچھ دھرم بوگن زم چھے کرٹھ

نگر وریہ ہلب شیشس گگر پیوس — وندک بہانہ من نس پانو نہندیوس

منس ماگو مُنس سِیتابہ کرتاں ۔ بہ چھس رانس دوہس ژٔندرمہ پرزہ لان

بُنے ببرکھ چھ تارکھ پان مارن ۔ سِمبرس ساءِ سی چھُم سِریہ ژھارن

سبٹھاہ اوسُس گومُت تیزرگ اہنکار ۔ مبہ پیٹھ دیواہ گومُت رامہ اوتار

دوٚدن منڈ دُودری ماتا یہ بیعنے ۔ ژٔہ ونتھ کیاہ میہ اوسُم کرمہ لانے

یہ کٔہ سہ وبدگیہ مبہ گو مالِنہ نرا وِتھ ۔ بہ کیا رٔشی خندہ کرِتھ گومنڈہ چھاوتھ

دِیہ نادرشُن نہ ییہ ناسون

کرہ سے پوشہ ورشونیے

تا یہ سِنتی شین زن نن چھم گلن ۔ کرُم گلن نہ کیاہ چھُہ مُیون پاپے

ہاژٔلن پوگنم کاژہ ژُو نہ کرون ۔ کرہ سے پوشہ ورشونیے

کُمہ شاہٹہ لاءِ جنس کوٚنے گوم نرا وِتھ ۔ کس ہیکہ وآلسنے حال باوتھ

سابہ ژھ ژولنم تا یہ تابیون ۔ کرہ سے پوشہ ورشونیے

تھہ پندی[٢] خاوندی خندہ ہے کوٚرنم ۔ دَنہ ہس وہ ہندہ منزوآروی گراد

سوٚمبرتھ وندہ ہس مالنی کرون ۔ کرہ سے پوشہ ورشونیے

ماہ درہ لاءِ جنس ناہ ناہ گُنچھم ۔ زاہ نہ نے زبتھ کُنہ اوسُم قرار

کیاسنا لیوکھنم دبکہ کرمہ لون ۔ کرہ سے پوشہ ورشونیے

پرکاش پرتھ جابہ کُنہ ژھارون ۔ صُبحک سربہ دمبہ ونیے

زلہ وُن تھووتم نار للہ وون

کرہ سے پوشہ ورشونیے

دین نِمہ لولہ سِتین دوٚپ نمس کُنُ ۔ یِتھے یاٹھن زنم سارِن چھ بُوگُن

---

١ مجبل ٢ کُنہ لیڑن نہ بتین ہندس شارس پیٹھہ کاٹھ کرن والی خاوندان ۔

تَوَے بائیتھ ژٕنیہ لاجتھ نارٕ دُزٕ نَل ۔ کھٔنٹھ ژٕنڈرٕمہٕ ٹھوٗ وُٹھ نارٕ کَن تَل

کَوَے بائیتھ ژٕنیہ لوگُکھ عشقہ بیچانٕ ۔ مٔتے وٕدٕم کٔنتھے کھورٕ ہتھ رٕنے پان

کَوَے بائیتھ ہیمبرٕزٕ دل بہٕ کرٕ تھم ۔ ہورٕ بُتھ رَتھ داریاہ سیب نارٕ بُرتھم

کَوَے بائیتھ ژٕنیہ نیلے بی ووہٕ زٕلی نَم ۔ کھوَن چھکھ غم گرٕ ھی امہ سٕنی گیاہ کم

کَوَے بائیتھ ووٚن چھکھ موہنہ ہارن ۔ کَوَے سوَن گرٕتھ دٔون گُل انارن

کمٔی دوٚپنے لوکٕٹ آوارہ سانٕین ۔ کمٔی دوٚپ راوِس بی مال ھوچِ وَن

کمٔی دوٚپنے مہ کر کٕنہٕ جایہ آرام ۔ کمٔی دوٚپنے ژٕنیہ گرٕ ھنے منز بنن تام

مینہٕ بُوزُم بی نیم بہٕ نہ نا گرٕ آئی ۔ یہٕ کمٔی بوٚ ژٕھنم زٕندے گرٕ ھو جُدائی

یہ نے ووہٕ نی چھین غم کھیوَن بوٗن ژالے ۔ ییتم سٕنتن ہیے کرٕ بسن حوالے

ووٚدن منز وودرِی گیہٕ ہتہ ژٕن زار ۔ ووٚدُن ژٕنیتھ بُتھ بہٕ نہ کس ژٕھینہ گونار

نارا ہینہٕ چھکھ ژٕی ہنبرا کاری

پادن لگے پأری پأرِ پیے

ژٕیہ لوگُکھ راجہ ژٕی ماجہ زامُت ۔ لکھمن شتِرگُن ہیتھ آمُت

برتھ راژٕہ آمُت ژٕنکھ ژٕکرٕ داری ۔ پادن لگے پأری پأرِ پیے

دُچھ ہیتھ ہردِ یہ کہ کو چیہ کٔنی بنرٕ ہا ۔ پھیر ہا ژٕ نرٕل من سٕیرٕ ہا

درشُن ہا ووٚم ژٕ لہٕ ہم خواری ۔ پادن لگے پأری پأرِ پیے

سُگر یو پادشاہ ژٕنے کرٕ نووٚ ھن ۔ مینہٕ نا وو ھن تا را ما تا

جان پان وٚند ہے چھم ژٕیوٚ داری ۔ پادن لگے پأری پأرِ پیے

دشہ رتھ راژٕہ بنیہ کوسلیا ما تا ۔ ناوچون سوٕران ہرساتے

پریم چون اوسکھ وِتھکھ سارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   5
وائلی ووچھتن کیا اوس بلہٕ وان    راوُن تس نشہٕ اوس لرزان
موکھت گورامہٕ ژنڈرٕ ینہ تیرہ کاڑی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   6
برشبس کھستھ ژہی چھکھ آسہٕ وُن    کاسان ژہی چھکھ پانٕین پاپ
ژہی چھکھ آسہٕ وُن گرُڈا سوارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   7
یادن نینین تل رچھ بھگوانو    نادن ساہن کن دارتو
ژہی چھکھ شنکھہ ژکرہ گدا دارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   8
لکھمن ژیٕیے سنتی چھیے آسہٕ وُن    لکھمی سوٚ ستہٕ سانہٕ بھگوانو
درشنہ چانہ سنتی موکھت گژھن سارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   9
مایایہ نتہٕ سنر مابا چھی تم    یم درشنہٕ پننہٕ سنتی وِتھک
بیٚیمہٕ بوہٕ سرہ منزرہ تارِی تھک سارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   10
اَسہٕ تار ینی اَنہ گرہہٕ سنتی    کینی آرٕنی گاٹہٕنی چھی
چانس درشنس سارِی لارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   11
وسہٕ دِیو رازٕ یہٕ باوٕنا یہ پاڑی    بیتہٕ آکھ کرشنہٕ جُواوتارِی
کمسا سوٕ رنبوت گو سمہارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   12
کمہٕ کارنہ گوکھ بیتاژہ ترا وِتھ    یم دادی کرہہکہٕ للہٕ نا وِتھ
ژرے اسی نے چھکھ ژراتارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   13
ہیبتھ اوسُے جون وناس گژھن    مول اوسُے بیول رکھن گاٹن
بھگوان ژوے آکھ رامہٕ اوتارِی    یادن لگے پاڑی پاڑیہے   14

رنگہ رنگہ گرِتھم رنگہ رنگہ وِہہ ژے   رنگہ رنگہ درشنس آیہ سے ژے

ژٔبنہ لوگُو دِیوتارژے سینٔ سارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

ژے بنہٕ سیتا ہیتھ بو دٔرا بس   یم دِیو کوٕ نہٕ چھی یوان وایس

ژٔی چھکھ کرِشنہٕ جوٕ پرودہٕ یہٕ کارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

ہاژلہٕ سیتا کوٕہ گوکھ نژآوِتھ   یم دوکھ ووٕنی ہیکہٕ کس باوِتھ

بوزن یمہٕ کتھہٕ تون بامہٕ سارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

امہٕ کھوتہٕ مارِنم چھسے کلہٕ دارِتھ   سیتھا ترِاوِنی یہٕ مابوزے

دوہ نہٕ وسے ماچہ کوٕرہ پچھے کران نآرِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

نارگو نٔڈتھم چھم من تن دزان   ینھہٕ یآتھی اگن رازہ دزان چھے

ییمہٕ دوٕ نہٕ تہٕ ھینہٕ گے اگنہ کونڈ نآرِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

مالِنہ نژآوِتھن شینچھو پھیر نگرِس   امہٕ کتھہٕ سیتا یہٕ ہول چھم جگرِس

ہِرہ ہِرہ کرن دِتی تمہٕ پانہٕ مآرِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

سوکھ تہٕ دوکھ ونہٕ ہے منہٕ کنی بوزتم   یمہٕ کتھہٕ تھاوِتھ بیتہٕ پھِرِ ینے

بے وسیلن ہُند چھکھ نبرآکارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

نژلوکِیہ بیٹھہ کآنسہ مہٕ بُرِن   کوٗد کآنسہ پھیر تھزاہ مہٕ ترِین

نِمہٕ کھوتہ نہٕ جان چھس یکُن بیہہ دارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

نس منتس گرِتھہ الماس کھنیون جان   ییمنتس آسہ کوٗر ستنا ن

ییمِس کوٕرہ برنھا چھکھ ژہٕ اوتارِی   پادن لگے پارِی پارِ ییے

کرِ پیچ ہان کوٕ نہٕ چھکھ کا سانی   اسہٕ ووٕنی ژٔی چھکھ ہی سآمی

ژِھی چھکھ آسہ وُن تر سہم اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

ہان کاسہ وُن چھکھ ژٕہ بھگوان پانَے　　زانَے نہ کینہہ کٔہ کتھٕہ باوَسے

زارٕہ پارٕہ میون بوز وراہ اوتاری　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

زارٕہ پارٕہ کرہَے روز تم ژٕہ ساتھا　　پادن دوٕن منَ وَندِ ہے ژٕے

چھکھ نارٕتہ آسہ وُن کرمہٕ اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

دَیاوان ژِھی چھکھ آسہ وُن بھگوان　　رگہٕ پان وندٕہ ہے پادن بٔے

بھگوان بوڈ چھکھ مٕتزھ اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

مہنہ کنی کرٕہ ہَے لیلا ژٕہ ویلا　　گنگا دھر چھے سیتی تر شیلا

ییٚنٚیزٕھہ مایہ سیتی آکھ وامنہ اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

دوہ نی آکھ ژٕ وُتر بوہ زوئشنہ ریپ دانٔھ　　اَسہ پاٖ ہین گرٕھہ پاپ مارِھ

آہم دیاوان رامہ اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

ہری کرشنہ شامہ رٔسہ درشُن ہاوتم　　گاش آو چارنہ لولہ چیہ وِیرے

بوزتم دِلہ زار بوہ دہ اَوتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

لیلاکران آس اوش آس ماران　　چانس درشنس آس براران

رأتی راتس آس کران بیدارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

ہرکارٕشہ پینہٕ سیتی انٛد کار کاستم　　گاش ہاوتم پینہٕ ہرکاشہ سیتی

درشُن چون چھم بخناوٕتارٔی　　پادن لگے پاٖرِی پاٖرِ ییے

پرہ بوہ لولہ ییٚنٚزِھہ رامہ رامہ

موروشش شامہ سوندرو

بڑہ یو لولہٕ مسہ کی پیالہٕ  چھنہٕ مو رامہٕ ژٕندرو  پرہ یو لولہ یترِ تھہ رامہٕ رامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  1

یہ چھیو بُنہ رات ژہ چھُہس نب  مو دِس دب ڈنگہ نی مار  یہ چھیو تن ژہ چھُہس جامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  2

ژہ چُھکھو ہیہ اندر رُک دانہٕ  یہ چھیو پانہٕ ہیمبرِ زول  کرہ کیا بڑہ کرِ تھم خامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  3

ژہ چُھکھو سرِ یہ یہ چھیو وُن  دُور پرچون چُھ چھوکس نُون  غمہٕ چانہٕ گوس منزٕ بنِ شامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  4

ژہ چُھکھو باجہ ہند بُندہ پون  یہ چھیو جانہٕ مہراجان  لانہٕ اوسُس نی ہیہ نیک پُوزامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  5

دشہٕ راونُ گوم بہانہٕ  یہ آسس پانہٕ پری ذان  کوہ نانہٕ دِیس خوش کیاہ آمہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  6

یہ چھیو باجہ ہنز شیر خارہ  آواہ کر تھم مالنے  دُنہٕ چھم دوہ دچوان دامہٕ دامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  7

اوسُس لانہٕ دُرایم کرانہٕ  کرمہٕ لانی یتو کھنم یی  دوہ ہیم تس پی مرِ یچھامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  8

گنجیمس کُنہٕ ژھینایم کولہ  دپیوم زولِہ پیٹس نا  شہرہ بُتھن کُنہٕ گامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  9

ازلہٕ کہ باگہ آیی لانہٕ  تُرے پتہ لاگہ ژھونزتہ داس  پاس کر متہ یہ بن ماپامہٕ

مور وش شاہہ سوہ ندرو  10

---

۱؎ یہ لفظ چھُہ مشکوک۔

ہاران آیہ اَشہ نے جویہ    لاران سنتو سیتا ہنہ    خوش بونہ رامہ خوش اندامہ

مَو روش شامہ سوندرو 11

ڈنڈک وَن منز راوُن آسہ    ژھلہِ بھ تُورِ ہین دِ باغ    ہنتھ گوس گیہ سبے آرامہ

مَو روش شامہ سوندرو 12

رِ وان من نس ہیلہِ لوبُس    پرکاش گوس اَرنے زنگ    مَن گوس سنگ نن نس ترامہ

مَو روش شامہ سوندرو 13

نامہ لگہ شامہ رہیہ لول آم چون[1]    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو

ژھاران ژھاران ٹو سم میہ یاد    وَ نہ وَنہ سُنز ووہ گیز دِوان ژے ناد

ننی گام سیر یارہ چارہ تو میہ زون    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو 1

اَکہ چھُے اَکھ سُے دویم کوسہ چھ جاے    نز یہ نز گنہ ثرہِ یہ ہُند کرزہ وپاے[2]

ژو ہیم ژراژر چھکھ ژہ آسہ وون    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو 2

پاَ اَم ژم بہ پُران میأنی پراران چھی    شیہ ریتو ہ شابہ شابہ ژھاران چھی

ست سنیم سو باوچون چھم میہ کریہ یون    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو 3

کنٹ کاسہ اشہ بھیرو کرِ رکھہِ پال[3]    نو دارہ ترو پہ رچھ دِیانہ دیپ[4] زال

نو گوہ نو گوہ بود سہ آسہ پروون    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو 4

دَہ دِشہ منز باگ سوندرہ ولو    دَہ نہ اکھ ایکا دشہ لودرہ ولو

باہ بُرجہ منز باگ. باغ چھا و میون    بینہِ و وہ لہِ سون رامہ ژندرو 5

---

[1] یہ لیلا چھہ علی محمدہ ہندس ایڈیشنس منز دوزجابن آمژ ثرہ. بنہ جایہ تہ راما ینہ کس خاطمس ہیتھ تہ. یتینس چھہ منداودری ونان تہ خاطمس ہیتھ چھہ کو سل دیشکی لوکھ ونان. موزوُن چھہ ہیتھی اوت جایہ. [2] بچاوک تدبیر [3] حفاظت [4] جنہکی تو دروازہ اچھی کن. سنت ۱۰ آس بنیز [5] دیانک ژونگ +

ژیوِ دِشہ سیر بہ دوہنی اَبہ مان مہ کر ژوہ دِش ژُونہِ سیتاہ بہ ہان مہ کر

پُنم ہندِ رامہ ژٔندرہ کاسنم گرون بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

رادُن چھہ بینہِ لوب بہانہ مہ ہاو رامہ رامہ راموہنس گتھ ژہ تھاو

رادِ بیلہِ ہاوہ کیاہ ہیبہ منزہِ چھیون بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

ہاوے مُشکہ سنتی تن نادِتھ باوے سیر سینہ منز راوِتھ

روُوے ژے ژہ کال ازبوزِنہ یوِن بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

کیکی کوہ توم دوہہ ناج پیچھو یوت یوت گرھکھ نوت ہیہ ینہ لاریو

روشہِ دوہلہ کریو پوشہ وتھرون بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

ہلہ مُنہ بلہ ویرہ پُوری دلو لوکہ چارہ باژی گارہ ڈانبلو

ولسہ دارہ چھم کران پینز ینہِ نون بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

ژٔہی چھکھ پر کاش ژٔہی چھکھ رو ژٔہی چھکھ نل اگن ژٔہی چھکھ گیو

ژٔہی چھکھ بھگوان کہی دوہ ذنہ دون

بینہِ دوہلہ سون رامہ ژٔندرو

مرا منڈو دری سیتاہ بہ ہیتھ گے دِدِنہ لُجی رامہ اَوتارس پرن سپے

دوٚدن وارہ نہ دوٚنس سیون کرہاے دوٚپس تمی چھےژہ وِیکوہ نتھس اندر جاے

گرس تمہ لوٚلہ سنتی لیلا سہ بوزِن دِلاسا دِتھ تتھے لنکاہ سُوزِن

دوٚپن سیتاہ یہ کن بی رامہ ژٔندرن ژہ کُن وُچھ وُچھی میہ کوتاہ من چھ ہنزرن

گوڈ ژنی راکھسن دردِل کرِی جاے ژھیبیوُوے من تمیک باپچھے ژہ پرواے

دوٚہیم اوسے گومُت تیزک اہنکار میہ بیتھ دیوانہ گومُت رامہ اوتار ؎

---

؎ پہ شارچھ پر کاش رامن بینتی قصص منز بروہہ ترِ یمی لفظن منز دوٚ نمُت +

نرٕیُم ترٕ یہ ورٕنہٕ آیکھ تا بہ لنکا — دِیَن ساَرِی کُنی رٕنی آٔس سِیتا

یہ رٔژُرِم چون ہُتھ ڈیشِتھ مبہٕ ڈٔل من — پوٗزٕ بوزکھ پوٗزنے کو کو برم کن

پٔریمس سُور گو سُورِم تمنّا — رِنہ بوزتھ لجہ ورٕنہٕ کو تاہ سوہ سیتا

دوٗپُن تس کُن سِنج ساکھی انے وُنی — ترٕ کوٗٹی دیوتا ساری انے وُنی

وُچھن آکاش کُن وُٹھ نۄرٕ وآنی — چھہ یا پوٗلنِہ جُدا این لعل کانی

پٔتہ ژھن سہرس ینہٕ ثمٕ وارہ قسم ہاوی — ژٕہ چھکھ بہرل اپزٕ دِتہ رزن ہیانائے

دوٗپُن ینٕدرس پوٗزنے ناراں ہنتھ ون — میہ ما زاہ راٗمہ ژنٕدرس یہ وس ڈٔل من

قسم ینٕدرازہ ما وان تا بدیں حال — کینیک بیتا مہ چھم ساکھیان مہاکال

ودن سیتا یہ دوٗپُن چھکھ ژٕہ اوتار — قسم چھم پی ژٕہ پتہ گژھ ینٕدرہ بیدار

ژٕنیہ وشنے یوٗد وُچھم پانے ترٕہ کارن — یمن راٗنس دوہس ساری چھہ تہ ہارن

قسم چھم پی ژٕنیہ وُستے کاہہ نہ خوش آم — سہا آسم ژٕہ ووٕنی کاسُم پرٕزِ پام

ووٗدن ہیر گوس دٔشرتھ راژٕ پیدا — دوٗپُن گوبرَس پوٗزنے بہرل چھہ سیتا

دوٗپُس ثمٕ رامہ ژٕنٕدرن رٕٹھ یہ کتھ یاد — ونے ووٕنی پوٗز توَے ساری ترٕلی فریاد

انٕتھ ییلہٕ ووٕنی سِنج ساکھی دِتھ لاچھ — ژٕہ اژھ نارس اندر سوٗرے رٕلی شاہ

سیٹھا رُنٕ وُن صرفس کُن سوہ تری بوز — رٕنی سون نارہٕ نیرِتھ یارہٕ خوش روز

ژٕہ اژھ نارس اندر یوٗد چھے تہ زٕتی گون — نیتی معلوم گرِتھ سرٕل چھہ یاسون

شمع گردن گیس ہجٕ لجہِ وداَنے — نہ زانکھ ہیں یہ گوس کیاہ سپانے

مُناوِی دٔرا بہ پی نو سوٗری لدتان — بلن یا نارہٕ زالن تس چھہ تی جان

ودن سیتا جمع گے پنزی نہٕ واندر — اگن شیتن گرٕوہن زٕ دو لکھ برابر

---

١ خراب انسان ٢ اگر میہ زاہ ژٕن کارن کُن تہ وُچھمت آسہ تیلہ گژھن میہ ژٕہ پتہ ینٕدرہ بیدار گژھنک پاپھ

مُدا مشحس سۄن سیتا یہ ڈیُن نار — وہنہٕ لگی کینہہ گرِتھ ما اَتھ اَندر خار

دپن کینہہ نارٕ ہ دزہ وُنی پوٚنپرِس تَن — دپن کینہہ آسہ پرٕزلن وُنی شمع زن

دپن کینہہ تۄ ابہ سوٚہ رٕچھی حوٗر نارس — دپن کینہہ وانہٕ پانے سوٚہ رٕکہ دارس

دپن کینہہ اسرہٕ سندی پٔرھی گوٚن تتھ حال — دپن کینہہ پٔریہ اَجدر ماولبس نال

دپن کینہہ کیا سا کینہہ سۄ اینس رنگ — دپن کینہہ دوٗرہٕ بیتھ دُنیاہ گرٕھس تنگ 30

دپن کینہہ رامہٕ تٕنذرن ہیوٚت اَمِس خون — دپن کینہہ سیرہ وُنی زن اوبرہ نٔلہٕ زون

دپن کینہہ نش چھُہ بی پس باپ آسَن — دپن کینہہ کاہنہ نہ کرٕ ئچھ ناں کاسن

پکن گیہ پانہٕ آہشر مُوہہ مابا — پکن بھیرِنہ وچھُن چھے ژھایہ ژھایا

پکن گیہ پانہٕ ابرن آیہ سیتا — تتھس نارس اندر زن ڈٕتھ بدریا

کران موٗرہ چھلہ آیس نارہ بیٹھ رٕہہ — کرٕ و کیتھہ رتھ وندے ساتھا ییتتھ پہہ 35

رگن ہندٕ لولہ رنہ عہ سیتن چھلے کھور — شرپہ چھہ شیرہ بیٹھ بینہ نزا وتم پور

دزتھ گوٚ تس وچھتھ سوٗرے ژنذن کاٹھ — سوٚہ تیٖزچ رٕہہ وُچھتھ دٔہ ژٔڈل دوان لالاٹ

سُہ غارت نار ڈلیتھ بیتھ گو ازنور — گیس گنہٕ ژٕنہ کینژس بسم گو سور

روان سیتا پوان تس بیٹھ نہ نگل عہ کینی — رٹان گُل زن ژٹان کوسم انتھو عہ سیتی

دزتھ پیلہٕ نار گو نا چاردہ روز — ژوہ دش ژنذرہ رمہ سا ہُن ماہٕ دِلسوز 40

تتھے ماکینی ژٕنذرہ راہُن چھہ ژاپن — امی سیتن گرٕھن چھکھ ناش پاپن

اُچھن لٔیچ زُون وُچھی وُچھی ژٕنذرس کُن — وہنہٕ لگی کمہ سنگرہ بیٹھ ہاوہ درشُن

سپُن ژٕنذرمہ زن شامن ہمو دار — وُچھتھ تس کُن ژٕو لکھ سارِن اندہ کار

وُپھکھ تس کرُود گو مٔت ہو بکہٕ رٕتھ دور — دٕوپکھ لٔکھی چھہ مابر ہما جُہٕ ڈکور

ژُلتھ وسترِ ستکی بیلہِ دراۓ سیتا ــ شُراہ ساماہ نِم ساری سراپا

وۄنُک ژۄل غُصہ غم سأینُن سوکھس تل ــ گوٗ لابن میچ ییٚہ باغچ ییمبرزل

ژألِتھ گوشین ژھیپھ دتھ رُود برکوٚہ ــ زُمِتاں سُورسوتھ آیہِ نٔی دوہ

رُٹھتن وری کمِس دِتی بیأوی پأزار ــ اۆرِ پوشس سپُز ہیبہ مال بیزار

دۄنکھ بی ٹیکہ بٹینو گلہِ ٹُورِ یو ــ وُچھیونس سوسمنس دراہ تھیٹ زیو

ہِنہ لگی پانہ وأنی وٚٹھی نہ زندور ــ کوٚ نگس وُچھ پومپرے روزتھ گیس کھور

لدٕر پوشس انارن کوٚز گلن لُوٹھ ــ ونن کنٹھس[1] ہسہ اسہ کأنسہ ماڈ یوُٹھ

اس کو سم کھن زوٗ ہندِ پوشن ــ ژسن زینق وٚ دن مسہ ولہ چھہ توشن

چھہ یمبرزل تہ نان ہی آسمانی ــ میہ سیتی کیئر تھاھونی گرتھ پاری زأنی

ببرلاران تِبر ہیتھ غار جنس[3] ــ مُشکہ سیتن ژھونڈُن سمار ہن ہن

دِین اچھہ پوش شش برگس نہ گلزار ــ ہمو ڈیشتھ اُشتھ نتہ لوگ بیمار

تِسمتھ وون کارہ پنز شرئ پان مارو ــ کٔشتھ روزو دوپک اِدہ ہارہ تارو

بہارکہ گُل نہ بھوٚد نیٔ دراۓ سأری ــ سمتھ سیتاہ پادن لگی ماپازی

ہمو پوشو سیتن بیلہِ سبزگوٚ گُل ــ گُلس ہیٹھ رنھایہ مارنہ لوگ سہ بُلبُل

## وۄتر کانڈ - ولس اجودیایہ پُن

بِہن غم کھینتھ سبھاہ ماتا کوسلیا ــ وُنن تس رامہ ژٔہندس کُن یہ لیلا

نن گجم کن نادن دِتم

یان وندے درشُن دِتم

---

۱ کنٹھ = بیلہ کأنتھ۔ اکہ پوشک ناو۔

گوکھ بنہٕ پیٹھ بُرزہ گنڈِتھ　　آکھ ننہٕ کونہٕ کوٚہ بال ژھنڈِتھ
شاخ گیہٕ شمشادَن ییتم　　پان وندے درشُن دِتم
توشہٕ کتھ روشہٕ گوہم ہیرِتھ　　ہوشہٕ ڈٕجس آہم نہٕ پھیرِتھ
پوشہٕ کوٚت لأنی وعدَن ییتم　　پان وندے درشُن دِتمَ
آومیہ دوہ نِزہ سبٕھاہ پھٹِتھ　　نزاو ملالہِ ہم پرٕدہ ژٕ ٹِتھ
ہاو درشُن میہ گوم سِتم　　پان وندَے درشُن دِتمَ
کِتی گلان بچھی چانہِ ویرے　　کِتی بلان نمنا ہیرے
سِتی سبدن تہٕ سادن ییتم　　پان وندَے درشُن دِتمَ
ژاو وألبجہِ اندر کروٕنے　　باو غم غوصہ گوٚے کیاہ میونے
ہاو میہ کھ نھاو لادن ییتم　　پان وندے درشُن دِتمَ
رازہ ہو نزاہ لوٚگ بیتہِ زالہ　　بوزتم کس پہٕ کرہٕنس حوالہ
دِنہٕ درشُن پھیرِتھ ییتم　　پان وندے درشُن دِتم
چھُم میہ ارمان وألبجہ اندر　　بڑہ کرہتس پہٕ شاہہ سوندر
یاد کرنم نہٕ میہ ناد دِتم　　پان وندَے درشُن دِتم
چانہِ پُژھی میہ سُورُم اِچھن گاش　　چانہِ پنج آہم نہٕ کیٚنھ آش
سِتی سِینا ہیتھ یوٚری ییتمَ　　پان ونَدے درشُن دِتمَ
دِشنہ کرہ یوگہ لاب پوشن　　گرِہت ژٕہ رُودہم ژھایہ اندگوشن
بول چھُم ہول گومُت ییتمَ　　پان وندَے درشُن دِتم
بچون دُور پہ ہکہٕ نو ژرِتھ　　میٚنہ گرِہتم جدا یے کرِتھ

جان جگر وندہ ہے ییتم     پان وندے درشُن دِتم

پادشہ ہینم ملک ژھنڈان     ییلہِ او یہم دوہ دامہ چوان

چھکھ نہ گومُت کورکُن ییتم     پان وندے درشُن دِتم

دوکھ نہ دود چھم سٹھاہ گومُت     لولہ ژھٹے چھم ڈوکھ تیوِمُت

ہول چانہ نہ بینہ چھم ییتم     پان وندے درشُن دِتم

ہردہ چھس زن پوہ پن ہران     مینہ کیٖنی چھس رامہ رامہ سوران

سرو قدہ شاخ شمشادہ ییتم     پان وندے درشُن دِتم

سِر بہ پرکاش وُ دِہم ژہ گٹِتھ     ییر یٖہ ییر لچھہ پردہ ژُ ژِتھ

مول پاران چھے نزیشہ ییتم

پان وندے درشُن دِتم

سینی بیلہِ سرو سبزی سارِ ستراتھ     یِژھا سائینی گرِس نس دراو رُت ساتھ

وُنھتھ آکاشی گو بر تخت روان     پکان ییندرس تھکان توٗن دائی تادان

سوٗمنترا آیہ دوینس غوصہ دراوُے     سُو ژولہ مُت رامہ چوانہ یوٗری آوُے

نِسندِ بینہ سینی گوانہ گوٹ ڈوٗر     نِسندی بینہ سینی گاش آو پچھم یوٗرہ

پکان توٗنت دوتن ییتہ ناس نس موج     سہ وانتھ دون لکھمن سینی منتھ فوج

سوٗمنترا آیہ اندی اندی گرایہ مارن     لِجِک بیوٗن بیوٗن وندا نے چشمہ پادن

ہِت غم کھبتھ سٹھا ماتا کوسلیا     اسان آیس وینہ نس لجی سوٗمنترا

گنزرِیس آسہ نس ہیوٗ رو وِمُت لال

بن ییلہِ کیاہ گرِھن تتھہ کُن وچھنہ حال

---

۱ گریرس ۲ وُنھتھ آکاشی گو بر تخت راوٗن + پکن ییندرس تھکن نہ ہا دچھہ تاوٗن

ہارِیٔے بوز پوشہِ نۆلِنہ باشے   آشے رستبن گاش ہے آو

دَم چھے دُنیا کھٹِتھ دالہِ واشے   زالہ لگہِ رازہ ہونز کھَن کن تھاو

رامہ جُوی شینچھی ہے لَز اندگاشے   آشے رستبن گاش ہَے آو

کن تھاو کتھن بوزن گوسُو راشے   اَن بر ونٹھ قدم نیر من تن ناو

دوٚہے یُنھنہ کینہ گرتھن خندہ باشے   آشے رستبن گاش ہے آو

برُونٹھِم آش چھے نیٚندرے ناشے   سُیندرے تھم سون آنگن ژاو

نِندرے وُزنس کر تلاشے   آشے رستبن گاش ہے آو

للہ وُن لالہ بھول مہ کر شُری باشے   سُلہ وُن سُلہ وِتھ حال بن باو

موہ لہ وِنہ گرتھ وأسی چھوہ لہ ونہ گاشے   آشے رستبن گاش ہے آو

پاتالہ کھوٚن کِنہ وۆتھ آکاشے   بر کاشہ تھنہ سِتی اسہ گاش آو

ناوِ چھُس ازلہ پیٹھہ ابدہ کہ گاشے

آشے رستبن گاش ہے آو

وۆتھ نَے بوزِنی کرتس زآری[1]   رامہ جُو بوزہ ناپیہ ناسون

زارہ پارہ کرتس بوزِہ نا باشے   آشے رستبن گاش ہے آو

کیکی ننہ کوہ سلبا آیہ برونٹھ لاران   بوزکھ نہ رامہ جُو ینہ لِکھمن آے

کن تھاو کتھن بوزنہ بولہ باشے   آشے رستبن گاش ہے آو

سوہ منترا بہ دوٚہنک وُنہ نوواے   پوٚزچھا اپزچھا رامہ جو آو

انہ گوٚٹ گوٚمُت اوس دوہ نی آو گاشے   آشے رستبن گاش ہے آو

---

[1] نوٹ :۔ یِم دٔہ شلوک چھہ گریس صاحبس ایڈیشنس منز علاوہ بیگر ین دیہن شارن منز یِم ہیتم زہ شار چھہ تمو تہ چھہ بابان زِ یِم شار چھہ تری رامہ سندس زِمنس سیتی واتھ کھیوان نہ کہ کتابہ پیٹھہ دایس منس سیتی +

پاٹہٕ نٕی گوڑن دھرم تہٕ دانی ٭ نگرٕ کی لوٗکھ گیہ نرپھنہ ساری

جاٹہٕ واربولِنہٕ لگی کرنکھ بولہٕ باشے ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 9

شِمنھ ساری آیے نوٚتن لاران ٭ دیوتا ساری نوتا کرنے لگی

سارِوٕی سمت وٚن وارنہٕ پرزِ گاشے ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 10

کامہٕ دیبنہٕ سہہ وگاسہ ہنھ پانے ٭ شال گب ہار براہ آسہ یکجا

سارٕی چھہ کرن پنہٕ نہٕ بول باشے ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 11

گیاٹہٕ زون سارِوٕی زانن والیو ٭ آمُت چھُہ بھگوان پاٹہٕ زمنَ

یاہن سرن ہند چھے تنس پرکاش ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 12

رامہٕ جوٗ بیٹھ تخنس پانے ٭ دیوتاہ ساری شِمنھ آیے

پرہنھ جابہٕ سانپنی نغمہٕ نہٕ ناچے ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 13

ژوٗنہٕ چھہ نوم ژترس کیوٗتے ٭ بہ دوار دوٗہن ورشہٕ لگن اوس

اردھ رات گمبر آس وبنیہٕ گاشے ٭ آشے رستہن گاش ہے آو 14

یٹر باتھ پھوٚل نے بوٗنٕ بیلہٕ رازن ٭ خوش گو دشرتھ وبٕٹھنے لوٗگ

وُستھن دوٗپس زاوچھولہٕ وِنہٕ گاشے

آشے رستہن گاش ہے آو 15

وِدہٕ نہی و ہٕ ناو نوٚس وآلنجہ شرزراو ٭ سہ ژوٚلہٕ مُت رامہٕ جوٗ سیتاہٕ ہنھ آو

نِہ یام یوزُن ہُش کنھہ پاٹھی اوش روٗد ٭ وُستھ بنیہٕ زن سُہ دشرتھ رازہٕ تیلہٕ موٗد

دوٚپُن سارن ژلیتہ گو دے مبہ وٚنی تہ ٭ لبن کنھہ پاٹھی نہٕ سُند پے مبہ وٚنی تہ

مبہ وٚدہمُت نی چھُہ بیلہٕ وُچھہن ژہ درشن ٭ ہی وٕنہٕ نادِرنہٕ اِدہ دشرتھس کن

---

ا؎ پرزایہ آوازِ گاش +

نِمس وِنہٕ ہا میہ کم کم دوکھ بنیا بم | سُو ژھانڈان کمہ کنہٕ کھورن سنیا یم

تِتھے تمہٕ دآدی وُنی کرِ ھونس بلائے دُور | تہٕ بُوزِتھ سا ہپنیہٕ لوگ شسترس سُور

دُوپُن لوکن سہ ژُولہٕ مُت یار اُنی توم | سُو ژُولہٕ مُت رامہٕ جونس نار وُنی توم

## سو میٹرہ زمینہٕ بیہہٕ زوٗ ژاو

## بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

رامہٕ رامہٕ پران جامہٕ ہے وَنیوم | پیٹھم نِزہٕ آم نمنا میہ ڈرام

ہیمہٕ نا منس یانہٕ بھگوان وِس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

لوسہٕ نآونس یہ کیاہ غوصہ میتھہٕ ژولم | نُونسہٕ بومبوری ہے میہ بھووِنم داغ

بوسہٕ دِمس یادن غوصہ ماگوس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

کوہٕ گوم ترآوِتھ یہٕ رِنہٕ یان مارے | نِزہٕ پرِزہٕ وِہنی وہہ نی ہیتم گراو

دِزہٕ دِزہٕ ژھیم وہہ ندس نِزہٕ وُنی توس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

نہٕمک دِسھ اسہٕ دھرمک گاش | مرنک نگین اسہٕ رامہٕ سُند ناو

اسہٕ نے کرُنک کھُر کانٔسہ کوس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

ردم سہٕ کھ نادمیہ دِوکھ ژھم گومُت | ریمہٕ شیچھ وِنہٕ ہس بلبُل تہٕ کاو

سہٕ ہٕ جامہٕ گنڈِتھ رامہٕ جو یاوہٕ گوس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

دِزہٕ دِزہٕ کاشم کالہٕ سوندرے | ازچھم خاصہ سہٕ نی یوش ترکراو

پرژھہٕ ہس سہٕ یدر وتنہٕ کتہ اوس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

ازِہ گنڈ گاش آو یہ کاش ہاوتم | تراوتم ملالہٕ تہٕ چھکھہٕ تہٕ دریاو

دوہ یہ تنہٕ پور تھم ژوسہ کچہ یوس | بہار آو تے وِنہٕ نآوِی توس

کورکھ ہیلہِ نالہِ موٚنت دوہ نہٕ وَنے ستھ ہیٚے     اوٚنکُ تیٚز نٕور لولن بے خبر گے
گوٚبرُ بیس آیہِ نش ہیوٚر ووہٕ مُنت لال     لبس ہیلہِ کیاہ گرٛھس تس کُنہِ چھُتھ حال
روٚٹن نالہِ اِپنہِ تیہِ کال بے ہوش     گمان یی گوکھ گوٚرُن زہر ہلال نوش
دوٚدن تیٚنتھ یُتھ اُچھن روٚدُسنہٕ کینہہ گاش     اُچھوڈُ یوٚتھُن گوٚبرُ کراس تس آش
ووٚدنہٕ سیتن بدن دوہ نہٕ ژٕنی دنے یکھ     بدن پیٹھ بندِ نِنرزن سنے یکھ
ژماہ رُوزِتھ سینہٕ بیدار ماتا     ژٕکن نھوٚد گیہٕ وٕنھتھ آیس سوہ مِترا
سوہ مِترا آیہِ اَندی اَندی گرایہِ بارن     یِکن ہی زن ژھکن بنہٕ کِبن ستارن
دوٚدنہِ لجی لولہٕ سیتن اَدہٕ سوہ مِترا     کرٕنہٕ لجی رامہٕ اوٚنتارس بیہِ لیلا

رامہٕ ژٕنٛدرہٕ ہرِ نارا یَنہٕ
لاگے دانہٕ دانے ہی

متس یاکینہہ ژٕبہٕ وٕنتھم غوصہٕ     گلیو نوٚسہٕ پوٚمبرے     کِھمی سنتی چھے نارانہٕ
لاگے دانہٕ دانے ہی

کھوٚتنہٕ ہم پُورِ بسرِ بہِ تہٕ یہٕ     ژٕ وٚلم موٚرے الہٕ ژن     ژٕہی چھکھ میانہٕ رُوٚک جانہٕ
لاگے دانہٕ دانے ہی

ژٕہی چھکھ اَہنہٕ ژٕہی چھکھ دینہٕ     ژٕہی چھکھ منہٕ مَنٛزرک سیر     ژٕہ کیاہ ونے نہٕ بہٕ کیاہ زانہٕ
لاگے دانہٕ دانے ہی

موٚختہ ہار ژٕبے چھے مَٹہٕ     چھسے مٹہٕ یا لائی     وُچھنے چانہٕ وٕکینوم شانہٕ
لاگے دانہٕ دانے ہی

ژٕۍ چھکھ ماجہ زامُت راجہ　ژٕۍ چھکھ واجہ نگینہ　ژٕۍ چھکھ پانہٕ دَیا وانہٕ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

ژٕۍ چھکھ ہیٖرہٕ ژٕۍ چھکھ بوٗنہ　دِیام مینہ وُچھنہٕ بو　وۄشنہ دیہ شری بھگوانہ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

ژٕۍ چھکھ ہیٖنہٕ اندٕرک دانہ　ژٕۍ چھکھ جانہ مہبراجان　مینہ ژوٗل وۄندٕ نشہ ارمانہ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

وۄنہ ژھُم ناج لاگُم شیٖرہ　وۄنہ نۄک بینہ تمنّا　کھوٗتُم پاپ ہیوٗ تُم طعنہ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

درشنہ چانہٕ ژٕجم گٹہ　گنڈٕ بوٗزٕ ڈٕنہ مالہٕ بو　یێژھی بُس نہ سۄ حاآرانہ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

پرکاشہ چانہ ژوٗلُم داغ　شہلہٕ ناگہ رادووے　گیُم ازمیہ بُرتی بانہ

لاگے دانہٕ دانَے ہی

## شری رامہ سُند راج

ژُس سیتایہ بینہ دوٗن راجہ زادن　اُلجکھ بیٖون بیٖون وَندآنے چشمہٕ پادَن

کوٗٹھن ہیٹھ کآہنتھ نِم للہٕ ناوِن　دِلاسا دِتھ سمبآلِن سۄلہٕ ناوِن

سینہٕ بیدار ییلہٕ وۄنی نکھ سۄٹھاہ زار　جمع گوٗ نگر سآری گیہ خبردار

جمع سآری خلق ییلہٕ آیہ یکبار　سمنتھ بنن رامہٕ ژٕندس پیٖ وۄنکھ زار

شترگن برنھ بینہ گوٗک آیہ سآری　لگنہ لگی رامہٕ ژٕندس پاَری پاَری

تلکھ موہ پہ چھلہ کرٔی کری گوکہِ ہس تاج
زمیندارن کورٕکھ موقوف ہیون باج

پنیشور رینشہ نہ یوگی جوگ برہمن
سبھاہ گیہ ساوداں نس گن گومت من

اُرن گنجینہ مِتھرہ راوِن خزانہ
دِتِن دھرمس غریبن پائی پانہ

پیٔن خوش دِل سمے از عدل درداد
ونُن چھینہ کینہہ زمیندار گیہ آباد

بینہ مشہور ییلہ یتھ حکمرانی
سُہ امرینھ جیتھ لکو لُب زِندہ گانی

کرن یژ کال تامت حُکمرانی
مرن موقوف سا ینُن درجوانی

کرِن یژہ کال تامت پادشاہی
نمِس ساری کران آسی یہ آہی

دَنَن بیِ ۴ سی ایشرویاد کا سن
اُسن اسہ رازہ رازس تینز ۴ رسن

10

13

پرکاش رام کُرۍ گأمی

سُند

# لوکہ شژرنتھ

# فہرس

| مضمون | صفحہ |
| --- | --- |

# زٲم ہند داہ

مگان آسی کُوکھ زٕگتکی بی دبس وَر — لِسن شری رام آسن سایہ بر سَر

نہٕ ماگُنز رُکھ چھُہ اِمُسند تیز سورُے — اما بوز وان سے ییمی مول گورُے

ہِتن دَن باگہِ ہیم بب موج گارن — کتھن ہِم ماجہ مٲلِس اتھہ دارن

سہ ماسنان گوبس روزہ نہ زان — مرُکھہ بوز آسہِ مٲلس ماجہِ ماران

ہِمس گوبرَس برِن کانژھا ووہ پر بول — و دن ییس موج آسی زندہ بٹیہِ مول

بِتھی چھی بُو گِبن سنتان آسَن — تِمے ہِم ماجہِ مٲلس کھرچھہ کاسَن

د دہہ اکِہ رامہ ژندرس بب ژبنس ہوہ[1] — بین دوینس گوبرہ سُند غم کمی کھیو

اُرِن ریشو نا دِت و ونِک ہِنُ حال — دوپُن گرٕتھہ دون اچھن آسُن تریم لال

وسبشٹن ہیوت کرُن نام جگہِ اِسمبد — دیکھُو سِینا یہ امر سنتھ چون پُرتھ وید

بہارکی دوہ زمین آس زعفرانی — اَبر نیسان[2] تلُن نام لعل کانی

دِژن بیلہِ نن زن ہانگِنہ اندر جاے — دِپن و ونتھ ہانگِنین ہانگنیہ سِنن بنایے

دُبوگنت وچھنہ پانس سایئن لال — کمی گو وُنہِ نہ تامت گونہ نیتر کال

شہنشاہس پُرہ بِدادہ آو نادس — دِیتن پھیر دفترن کن لوگ فسادس

وُچھو باقی نہ فاضِل اوس پانہ — کَرُن جھس پانہ زھاران کم بہانہ

ہیونُن باقی کڈن بیلہِ جمع کھارُن — ہیوتن مجرا ہِنُن گرہ رنہہ کھارن

---

[1] نیمہ شرک مانی چھُہ یہ زہ شری رامس ہیو یاد اکہ دوہ زہ تسندی ناو کیاہ کر ییو ژ نہ بانچھہ نہ ادہ ہیونہ پانہ نہ سنتانہ بانجھہ نی کرُن - مگر شاعر کی لفظ چھہ مشکوک نہ یہ مانی چھہ نہ تمو منزہ صاف پاٹھی نیران [2] یہ لفظ تہ چھہ مشکوک - سارے مطلب چھُہ سِیتا یہ پید حمل +

رِمنس سینایہ ماأسس لو کہٹ زام — رِنی کیا کوہ رمتس مرمند بنن شام

سپٹھاہ اوسُس گومُت سِینا یہ ہندوَیر — لوُبن بیلہِ دستگاہ پوُنس کوہ ٹھبن پاَر[۱]

لاشک اوٚنس وُچھونس کیاہ یہ وونس — پرنگس کھاٚرن نہ تلی کنی چیاہ کھوُءنس

نہ ماچھک زاہ نہِ کاماً میاًنی بوزن — پننی آسنہ وندان ہے چھک مبہ دُشمن

پرنہ ہےنزی کنی گرتھ ہم لیکھتھ مہ ہاوُن — بصُورت اوس کینُہ تہوُ دشہ راوُن

سوہ آس ناتس رِتس وارا وہ غرضمند — دوہم زوُن نہ کینہ ما اُمہ گوُرم پھند

نرم نرہ یہ ودہ تس ونس نہ چارہ — کرِن آواہ سِیتا ہیٚیہ دوبارہ

رِمنس سِیتا یہ ما بوزنہ پونزُے آو — دوہم زوُن تہ بن ُسے ساٚ ینس واو

بہ زور رم کتھ سوہ کس مانس نذیر گو — امہکارس کران پی چُھے سدا شیو

نتہ بأنرُم بن ُ اتس پی مُدا اوس — گوُبرُ نھاٚءِ تھ گرتھُن گرہ نبر ماگوس

تِمہ شنگاٚرن لوُکن پھرم زام — سَتم سِتھ رامہ ٹنڈرس دٚوی درِثن پام

اماَ اشُم پرزھونس رامہ تَنِدرن — دُم ونہِ کین نہ ماچُھے کینہ منگن مَن

دوٚیُس نمہ چھم گمشِروہ نی منس راے — گرِتھنہ تم ریٚنبی بہ وُچھہ ماٚبیہ تھنہ جائے

لِوٚم نشہِ وأتھی ٹیکا یہ دراییس — دہم دبوِ یہ سِینا یہ ودرنہِ آبس[۲]

رِبہ کاٚ ہم کتھ کُنی کر کیا چھُہ لارُن — کھُنتھ بیہہ وَن رٹنھ بھگوان ثہارُن

نتہ بوزک سوہ کس مانس نذیر گو — امہکارس کران چُھے پی سدا شیو[۳]

مُدا نمہِ لیچھ صُورت نس دوٚہن ڈیش — بچھہ راوُن نرکہ وآسی وہیہ کھوان ڈیش

اُرِن نمہ نوٚنت تھُے باٚیس سہ ہاٚون — وُچھو کینتھہ یاٚ ھی سِیتا مارہ ناٚوون

دوٚین نس کُن یہ وُچھہ بابوِ یہ کیاہ چھُے — دوہ ہے سِینا وُچھنتھ ینھہ کنی تُلاں ہے

---

[۱] بیلہِ سِیتایہ رأنی بنتھ دستگاہ لوٚب تسنزہ نام پیُو کو ٹھبن پاَر [۲] دِبوِ یوٚرتھ رِہ سِیتا گرتھ بیہِ واتنی نمنی نسِ وأیس [۳] یہمہ سطرہ چھُہ دوہ یہ لیٚہ آ ہرتہ و ننہ ینتھی نفس منتر +

مہ نمیس ژوُرِ پتہٕ آسہ پان مارن   وۄدن وارہ نہٕ نیترو خون ہارن

دوہ نے بوزہِم یہ کاغذہٕ ہن ہیم نام   ژھینم مارِتھ گیم ڈاگِنہٕ ستن کام

## سیتایہٕ ہنز جلاوطنی

نہٕ بوُزِتھ رامہٕ جو کرووُدی سیٹھاہ گو   نہٕ کرُو دِکہٕ بدلہٕ یوٚن کوٚش نہٕ بیٚنہ لو

نہٕ بوُزِتھ رامہٕ جو بیتاب سا ئیٚن   اوُنن لِکھمن دوٚنُ سوے نِمس کُن

دوٚنُ لکھمن جوس سیتا ژھنُن دُن   نتہٕ مارُن نِی بیتہٕ لوک نہٕ بوزُن

نہٕ بوزِہٕ سیتی گوٚس لِکھمنس زاپھ   دِ پیوٚس کیاہ سنا بیتاہ کھوٚت پاپھ

اما اوُس نہٕ تس ثشہٕ نہٕ کرُن وار   گوٚنڈوُنس جگرس یکبارٕگی نار

دوٚپُس نو لکھمن رووُدے نہ انصاف   ستی سیتا چھِہ ونتم کیاہ کھوٚتُس پاپھ

کرٕ پانس زارٕ پارٕ بوزُنس نہ دانہ   کرُن چھُس پانہٕ کم ژھانڈُن بہانہ

سپُن لاچار لکھمن حکم موٚنُن   گڈُن سیتا نہٕ گڈہِنس نہٕ چارہ زوٚنُن

گُڈِتھ سیتا ونس کُن نیتھ ژھِنِن دوٗر   منٛنش زاتو گڈِتھ ژھنی سورگِنہٕ خور

دِپُن وارہ سہ لکھمن جو دان اوس   یکن نیتھ کُن نظر پھیرتھ دوان اوس

وِدِ نہٕ سیتی گوس گٔش گوٚنڈُنس دِلس نار   وُچھن اوس سانہٕ سانہ دیو بیس آر

دَدن سیتا یہ وۄنس وارہ وارہ   نہٕ وَنتم کمی کرِس کیوٚل اوارہ

لنن ہندُ رتھ ونن لایوم کیاہ گوم   یہ چھس زانن یہ ووہ پدِیش مالکو رم نام

دوٚپُس لکھمن جوٚن ساتھاہ نتیتھ بیہہ   بہ مارہ پان وونی گنڈم دِلس لبہہ

یہ گٔتھ بوزِتھ بنفر سیتا دِسِتھ پیے   کھرٕ نس یہ زالہٕ ینس پانس اپچس پیے

---

سلہ ڈاگِنہٕ ستی ۲ بتیوُ +

اِچھن گوس گاش کَم لَجِ دِنہٕ کِنہٕ بھیش
دوپُن تس تراوِتَم گوڈٕ ہ چاوِتَم تریش

سُہ گو پانس اوٚن تمۍ پوٚنی دوٗرے
وُچھن سوٗ پَچھ نیٚندرِ تس پٮ۪ہ غوٗرے

نیٚندرِ ہیٚتھرن ہَتھر نیٚتھکن ہیٚتھر آس
بہتھر بیٚٹھ پوشہٕ تھرزن بڑہ گمڑ آس

دُچھن بیٚلہٕ شوٗکِ جگرٕ برھا جوٗنی کوٗر
غنیمت زوٗن تمۍ تس نِشہٕ ژلُن دوٗر

تھوٚوُن پال لوٗڑہٕ آویزان کلُس کُن
ہیٚوُن نال تس تِتھِس بیٚٹھ پوٚنی پیٚشُن

نِتھٕ پھیرِت سُہ لِکھمن آوِ ربون
یتھے زن کانسہٕ چھی مار نہٕ نیوٗن

وِدِ ہٕ سیٚنن بہتھر بِتھی کِنہٕ ہوان اوس
نہٕ مانِندِ پَد بن رخصت ہیوان اوس

دیا کرِتَم چھیا سۍتھ کِنہٕ ہیٚتھرِ پران
بنیا لَس بس مہ ہیٚنو تِیتھہٕ آسہٕ سنتان

وِوٕ مارِ بوی کھیما کرِتَم کھوٚتُم پاپھ
مِہ چھُم والینہٕ چھوک آمُت ژِہ چھُے زاپھ

مِہ کرِ طاقت ژِہ کُن وُچھی نَس دوبارہ
ہمیے رِوٕ خصت پدِ بن تَل پان مارہ

زِہ بیٚنہٕ نرآوِتھ اِچھن ھٹیب دِتھ بہٕ کوٚت آس
شرن چھس مآج گوٚبرس بیٚٹھ کرن پاس

مِہ کرِ گوٚژھ رامہٕ زِندرن حکم بوزُن
ہٕ کرِتس وانہٕ ما بیتھ کامہٕ سوزُن

ننہٕ نۍتی کو ہٕ مارِ یوٚنس بہٕ شمشیر
بہٕ خارِی بیٚلہٕ حُکُم کوٚرِتم ژِہ سینی بیر

نِنۍ ما تارِ ژہ اوسے کرِ مہٕ لانے
اِرِتھ بیتھ یی چھُہ ژھارُن کیاہ چھُہ مانے

بکن گو نوٚت سُہ ژُنڈرِ مِہ رنہٕ وُن رَو
نمسکار راہ کرِتھ شہرس اندر گو

سینی بیدار سینا پانٔ پھیرِ یوٗ سینی
گمو گرِ موٗ سیٚتن وسنز وِ ینی

وُچھن لِکھمن سُہ گو مُت تس نِشن دوٗر
گلینہٕ لَجِ یٕیٚز الِنہٕ لجی واوِہ سیتی موٗر

دوپُن کیاہ گوم کمۍ سرِ ھن وِولُم نال
ینِم ما کاوِ نِتہٕ وِوٕنی ما کھنِم شال

وِدِ ہٕ سیٚتِن اِچھن تس گاش کم گوس
سُہ بیٚلہٕ لِکھمن بمُنِس ترآوِتھ ژلان اوس

35 رِوان ڈبُوٹھُن یِوان زن پانٕسی کُن    رُماہ رُوزِتھ نظرِ نٕلہٕ غآب سآئنُن

وِنِنہٕ لجُ پآنٕی پانٕس کُن سۄ ندربال    وَدہٕ سِنٕن ژھینِم مادوٕن اَچھن لال

نوٕے ماچھُم مبہ لٕکھمن درِینٹھ ایوٕن    رِہٕتِھ لجُ بکھہٕ کٕہن صدٕہَن نھوُن کُن

رُماہ رُوزِت سہٕ مازوٕن گرہ گوم    مِیہٕ ترآوِتھ تٕورِہ کرِمس خوُدِہ کیاہ گوم

وِننہٕ لجُو دآدی بِروۄنی خاک سآئنِنی    لبن شنھرن کٕہن زن چاک سآئنِنی

40 وِدہٕ سِنٕنی جانوارن آو سہلاب    وَنَس نِشہٕ مَن ڈلِکھ ژٕلِ وآتی ینجاب

گُلو ببٕلہٕ وُچھ نسُنٕہ بٕتھہٕ زن ہٕنکھ ملے    کھوٕنکھُ زدواوہٕ سِنٕنی مٕنٛشرٕ نٕل ژٕنکھ جاے

تنے تنہاسہٕ سِینا کیاہ کٕنی زٕنی    کنڈٕ ہن کاٹھن سِتن یکسان سآئنِنی

اکھ یِژھہٕ نوُزک بدَن بٕینہٕ ترِتھ گراں بار    ترٕیم ترِیہ ودہٕ برنھارِشت آوار

بہٕ ژُورِم ژورِ زَن مندُوودری زاے    زِنکھ رازَس ہبس لگٕنس سنٛہاہ آے

45 اِچھو کٕنی اوٕش اٹھو کھور وٕہورُن خوُن    پہوَنٛ وُسی وُسی نتھر حشمن لجٕس ژُون

وِدہٕ نِہٕ لجِی زہٕ بوگٕبس کٕنجِ دادِہ لجُ پٕنٛی    وَنَس کُنٛ ژٕجی گبٕس ہجی اَنٕز گردن

دِن منزِ بِی وٕدُنٛ گژھِنے کٕہن بوز    چھُہ سنتھ ووہٕ پدٕیش کٕتھ نٕتھ کھوژ نپھ وز

خبرٕ کٕنٕہ چھَم نہٕ کر ہٕبٕٹرُم مٕنٛس مَن    نوَے ماتا پہ سِتن گژُ مہ ہَن ہَن

خبر کٕنٕہ چھَم نہٕ کٕمہٕ دۄہہ لتن کوٕرُم واد    کنڈٕ بوسِتن مہ نیلیم وٕدہٕ ژٕل یاد

50 خبر کٕنٕہ چھَم نہٕ کر گبُولُم اتِبَن    نوَے دوٕیہم زٕہ بے پرِتت سآئَن

خبر کٕنٕہ چھَم نہٕ کر گبُولُم کمِس تال    بہارِس مے توٕے کوٕرُم زُ مِنان

خبر کٕنٕہ چھَم نہٕ کَس سِنٕن کوٕرُم نیاے    نوَے سۄدگہٕ چہ ہیہٕ پرِتھ ماپیم ہاے

خبر کٕنٕہ چھَم نہٕ کم کاپچھاں مہ آسی    نوَے دوٕیہم تٕہٕ سآئنن وودہٕ اِسی

---

۱؎ نِنہٕ ی دآدی بوزی بوزی ہیبِتِ لبن نہٕ کٕہن چاک سپیدٕ نی تہٕ دُشمہن مہِندِ ہن دِل تہٕ +

خبر کیٚنہہ چھم نہٕ کس بأوِم پننِہ سِر     تِکےٚ دِیو تھم بُرٕ تھہ وآلنجہ پیٚٹھ تیٖر

خبر کیٚنہہ چھم نہٕ کس عٔسِتن دِیونُم لاپھ     تِکےٚ لُبنِتھ گوم نیٚتہٕ پیٚٹھ کیاہ کھوٚتُم پاپھ

وِدِنہٕ لجِ گو سُہ کوٚن بیٖ نارٕ ہ زٕ عآجس     سُہ کوٚن گوبیٚہِ بٕہ کرِمہ کٕہ شاٹھہ لآجس

سُہ کوٚن گوبیٚہی کرٕس نمہ نارٕ ہ منزٕ سوٚن     سُہ کوٚن گوبیٚہی کرٕتھ یکسان دِنیُہ دوٚن

سُہ کوٚن گوبیٚہی کرٕس ہٕ نکبن اوارٕ     سُہ کوٚن گوبیٚہی بُرٕتھ دِزٕنس یہ نارٕ

سُہ کوٚن گوبیُں مہ یوٚت نام عٔسِنی دیونم     بہٕ زآجِ نس یُٹھ جگرٕ کیتھ نارٕ بوٚر زکم

بہٕ کس آعٔسِس کنُےٚ اوسکھ زٕ میٚون نُے     گیٚمہ زوٕ لہ پاپہ عٔسِنی موٚل نومہ زوٚنے

کٕس لِدٕ راہ پننٕ بی لانہٕ اوسُم     بہ چھُم بُوگُن نہٕ کر وِوٕنی کانسہ کوسُم

اما کیاہ کرٕ ہ گیس وِوٕنی یُنٕر اوارٕ     وِدِنہٕ عٔسِتن ہندِن گآم پارٕ پارٕ

بہ نِکن گیہ زٕ چھکن کوتاہ سوہ سِینتا     وِنہٕ لجِ رامہ اوتارس یہ لیلا

گوم نزٕ آوِتھ دِل چھُم مِہ دزٕن

چھُم نہٕ وزن سیٖتارٕ نئے

بارٕ مبا ینو زٕ بوزُو وارٕ     پِھی مِہ گرٕ ھان وآلنجہ بارٕ

بیٚلہ صبحن سوٚ دٕرا بہ دزن     چھم نہٕ وزن سیٖتارٕ نئے

بارٕ بلہ بیٚٹھہ نن آبہ ناآوِتھ     اُنگرٕ نِشہ ہاٹِھنی ھن زٕ نزٕ آوِتھ

آگرٕ رٕوٚس کوٚل اِدٕ کرِتھ گرٕزن     چھم نہٕ وزن سیٖتارٕ نئے

لنجہ کرِین سوٚنبِلہ باغس     کھنجہ لاجن گُلالہ داغس

کھنجہ گرٕ ٹھنہ نس کیٚتھہ پزن     چھمنہٕ وزن سیٖتارٕ نئے

شہرٕ نِشہ ییٚلہ گیہ آوارٕ     آس ہاران اوٚش وارٕ وارٕ

اُشہ گنجہٕ ہم تس شیچھ لرَن　　چھمنہٕ وزَن ستبارہ نیّے

دٕیہ بنزٕ کتھ وا تہ مانٕز　　گرٕ ھہ قیمت بون بون زانن

ڈوری خاصَن تہٕ کینجو ابہ گرن　　چھمنہٕ وزن سیتارہ بیّے

ہرِ یہٕ پرکاشہِ کرتم وُوہ پایے　　ئے وھٕ ڈھ تمہٕ تژہ تبلہٕ کرایئے

پشپہٕ پنجہٕ ژٕڈٕ ژٕڈٕ چھہ نیرن

چھمنہٕ وزَن ستیارہ نیّے

ژہ بوزن کو نہٕ چھک پُچھے نا یوان عار　　مِہ کیاہ کورمے بہ گرٕ قفس کیٕژ گرفتار

ژٕہ آسکھ مندین ہیٹھٕ تھُو خوشی سان　　بہ نُو باغیتہِ کنڈین ہیٹھ حالہِ جاران

کھوتم کیاہ یاپھ ووٕنی رٕھیتم پرن نل　　گییس آوارہ واراہ کُنہٕ تہٕ کیول

وَن آسِم زنکھ رازٕ نی کوٕ ماری　　وُچھم وُنہٕ کین کرٕم مکانہِ یارِ ی

وُچھن چھکھ ناگمتژ کیاہ چھس آوارہ　　وَدٕ نہٕ عرسِین بدن گوم پارہٕ پارہ

وُچھن چھکھ نا اچھو تھ چھس بہ مارَن　　دِیہ وتھہٕ آوم نہٕ وُنہٕ مکانہ نِیہِ ماون

ژٕہ ووٕنہٕ ھمنا ژٕہ چھکھ نوزٕک گل اندام　　وُچھن چھکنا مہ وُنہٕ کین کیاہ نتھہ آم

ژٕہ ووٕ نھم نا ژٕہ چھکھ بنرلِ وُنِ نام　　وُچھن چھکنا مہ ساپِنٕ مندین شام

ژٕہ ووٕ نہٕ ھم نا ژٕہ چھکھ نوزک ہیہ نن　　وُچھن چھکنا مہِ ڈیشتھ کُنڈی چھہ کھوژن

ژٕہ ووٕ نہٕ ھم نا ژٕہ چھکھ سارنٕ اچھن گاش　　وُچھن چھکنا مہ ملو ووٕنی سکھتنہِ ہنز آتش

ژٕہ ووٕنہٕ ھم نا ژٕہ کوسلیا رچھی جان　　وُچھن چھکنا تمہٕ نہٕ ما یون روٕچھہ جان

ژٕہ ووٕ نہٕ ھم ناژٕہ ووٕنی کینہ چھے بہٕ گاگل　　وُچھن چھکنا گرٕ ھان کیاہ چھم کنڈین تل

ژٕہ ووٕ نہٕ ھم نا ژٕہ گرٕ ھہ باغیچ بہرٕ لاگ　　وُچھن چھکنا دِلس کیاہ چھم گرٕ ھان نراگ

رِگُنی آٮ۪س گُنٔے اوسکھ ژٕہ میوٗنٔے[1]
کِمِس لِدہ راہ ینٕن بی لا نٕہ اوسُم
اما پُھم بی تماہ کرِ نا کھما دوہ نٔ
مِشتی یوٚدوے پرٕیم وُچھ کیاہ گیم راے
بہ یوٚنٛ نامَن کدٕن ازنن بہ جامہ
مسنم نہ نیٚلہِ گرٕھم بیٚلہِ ساری سی سوٗر
پرٛژلَے بیٚلہِ سآنِنم نیٚلہِ تن بہ ناوَے
پرٛژلَے نیٚلہِ بیٚلہِ پٕینہِ تن نارٕہ زالہ
ژٕہ چُھکھ آکاش مٕنٛزِ وانبا کرُن زور
نٕہ یوٚ زیٖس پایہ کھٔتی نس وانٕہ ہیٚنی پران
مہ پاپور وٗسٔنے گوٚرتھم سِنبزہ
نٕہ ماو وٚنہ مے مہ ماریم ہیٚیم رنھ
نٕہ ماگنٛزرُنھ مہ مانٛدِہ چھینٕہ پیم ناو
وٕنِم کانہہ کتھ زمینس چھُے مکانہ
وٕنِم وَن یوٚز ژٕہ دوہ نٔ کیاہ چھی ونناو
وٕنِم اَدٕہ کیا ژٕہ چھکھ اوش یوٗت مارَن
وٕنِم اَدٕہ کتٕہ گرٕھی آسنی بہٕن جایے
سنٕے بوٗزِن بہ دَے پٕتیٚہ کانہہ مہ بوٗزِن

گیم زفہ لہ پاپہ سِتی دوہ نی موہ ل مہ زوٗنے
یہ پُھم بوٗگن نٕہ ماو دوہ نی کانٛسہ کوٗسُم
منَس تھاوِہم نہ مشراوِہم نہ زاہ دوہ نی
مہ مشراوِنھ نہ نزانٕھ چھے نہ کیٚنہ پاپے
پران آسے بہ توٚتٛ نام رامہ رامہ
نزوٗک دوٗر مہ چُھم سہ پرٛگ دٕزِس ژوٗر
مہنز آرنھ سینہ یم سوٗراخ ماوَے
گیس توٚتٛ نام دَیِس کوٚر یکھ حوالہ
ریہ ماگنٛز رُنھ مہ شانٕن پیٹھ کھسیم بوز
اما پزِہ نزِہ نزِن پیٹھ پزٕھ کیہ نی مان
پیتھ نیٖژٕہ کھو نٕہ کرنم ریزٕہ ریزٕہ
ژٕہ ماگرٕنھم کھما کیٚنہ چھے نہ طینت[2]
وٕن ماگوکھ یہ کمہ سزہ نزِ یہ بنٛزِہ آو
دیِس ہُنٛھ کنی پیٚٹِس وٗنی آسمانہ
دیِس سارِن گرٕھن رنٛزِنٕہ کسُ آو
دیِس چھسہ اوٚش ہرن کٔنہ موخنہ مارَن
دیِس سارِن گرٕھن تنھ جابہ پٕتیٚہ آیے
ہمَن سیرن مہ نش نیٖژٕہ پزٕہ نُوزِن

---

[1] یمہ شاکِ مطلب چھُ نہ واتھ ہیوان +

سبٕھٲہ رُت وۄن تمۄ دانۄ ترٛوٚیی | پرٛنہ پوٚژ سوٗ پنانوی جیفہ پھیرٕی [۱]

وٚنیا میترن ییس دٕپہم چھُہ اوتار | ژٕہ دِس نیتھر کری رٕتی پوترٕہ کار

تہٕ ما آسِس خبر سینا بہ تژاوہم | سوٚ سِیناست زٕہم مامنٛدٕہ چھاوہم [۲]

تہٕ ما گنیزرن یہ مادوہ دہ نٕثرِی مزاجہ | امی بۄز سینی زگہٕ منٛد ماسُو راجہ

وُنن گیہٕ بی سنٛن کھورن کھورے | نٕیچ لچی تاوٕ ترن لاوہ موٗرے

پھوٚن وُسی وُسی گرٛھن زٕدہ زٕدہ گلان | اتھو سینی تھیھ کران آس کریٖڑٕہ زالن

پکان گیہٕ رتھ چھکان کوسم اتھوٕ سینی | کنٛہن سوٗراخ گیہٕ تھنٛز و کتھو سینی

دٕلس منز باگ پُھچھن اکھ رینی مکانا | کرٕتھ بُرٕزک سُہ تھاوِتھ تا یہٕ دانا

اتھو کھورو اُچھو لارن پکن گے | رٕہوشا اکھ پرٛزہ نوٗن زن نوٚن وٕے

سُہ والمیکی رکھیشر مالی سُند گور | جہاں پھیرٕون واتاں تژوواہ پور

نبرٕ آشائیژ گرٕہت ییلہ نس نش آے | رٕھن کرٕنس اپھن منز باگ نمہ جاے

کرٕن سیوا ریتیس مینز کنۍ کورُن باو | سوہ رن آس سانہ سانہ رامہ سُند ناو

دوہ ہس ریٔنس نمنس رامس شرن آس | وُہ چھوکتہ ایشرن نس انہٕ گوٚٹ کوس

## لوٗن نہٕ کوشُن زٕنم

صُبح پھوٗل گیہ سوٗرتھ گاش ییٚیہ آو | پہ زٕلہ دُن سریہ پرٛتنہ تلہ بنبرداد

برابر آیہ تا سینا بہ نو ماس | مہار سیٖٹھ [۳] سنتا نا رشس زاس

لگن دن یتیش بییہ ترے آس گوہ دار | سٹھاہ دٕ نہ سوسُت ہیٚنین ہُن خریدار

لکھن یی لگنہٕ کنۍ کھتری ورن دراد | مہاویرن بین ہارنہ ما آو

---

۱ گاڈٕیو ۲ یہ بیلہ پھینٕی کنۍ کنا بہ میٹھ صاف پرٛنہ یوان تہ نہ چھہ پرساد کاکس تہ یاد۔ لہذا چھُہ مٹ گوک +
۳ خوبصورت +

درنہ دِیوہ زات تِیک گۄن تۄہیم ترے — مرن یمہ ایشرس تمہ زِندہ کرنی پیٚیے

اتھن لیکھتھ اچھر کرِہ پرتن سۄر — پدن یی پادہ رکھ گوڈہ زیٚنہ لوہۄر

تسُند موہ کھ ڈیشتہ وُن کھوٗٹ موہ کھ پرباتن — سرِ بہ سپنیا یہ زن کھوٗت ارہ راتن

سرِ یہ ژٔنڈرہ ہمس کنٔدرس گوٗمت جان — پیٚنہ تیمہ ہنشہ لوگ سب یہ سنتان

پرباتن ہیٚلہ پہ زلہ ؤن سرِ یہ ہیٚوٗ زاو — ژھِس گیہ دون اچھو تس گاش لن آو

ہمس موہ کھ تیٚنتھ چھِ نتھ اڈہ پھول وغزل اوش — کھٹن تتھ وُڈ وُتھ نہاو نہ رٹتھ جوش

منس وُچھنس ہمسِ تسکاہ کھٹتھ آس — وندچ سردی وُچھتھ ہوون ڈیٚتھ آس

وُچھن تس تس المسیح قلم تراش — جہاد یرن وُچھتھ سینچ زھینکھ آش

ہمن دون کش کٔڈتھ نہاو تتھ کمان — ستارس ہیٚتھ تفاوت کیٚنہ نہ زانن

سہ یوٗد وے کش کٔڈی تتھ اکھ اچھروال — مرن سکر یو بیٚنہ بو نہ ساس سب مال[1]

نہ اچھ بادامہ کھوتہ آسہ زیبا — نہ ڈیشتھ رُوسی کچہ گیہ نا شکیبا

سہ ہنتھ ڈیشتھ سینہ مسول گلالن — توے ژٔد رات کیٚتھ ژھیپھ آفتابن

خبر ہیٚلہ گیہ نہ تسیس ڈینس تہ دوچھے — سداشو ٹوٹھنے دونی آسنے جے

گوٗنڈن زانکھ دوبن لکھی نشترکن ہیر — سرِ یہ ونہ اوی زمنس ہیٚتھ بلادیر

زنی[2] یوہ دچھس مکرژٔندرس گمر جابے — سیٚٹھاہ دِ یہ مارشرن چھس نہ پرواے

بٔلہ[3] ترتی یو ٹھس شنیچر کوہ مبہ ہیٚتھ کیت — ببس ہیٚتھ بد سیٚٹھاہ منشر یہ کرہ ہیتھ

تسوکر چھس میٚنہ ہیٚتھ کنٔدرس سیٚٹھاہ جان — بون خوش سارِنی زن سرِ یہ تابان

برھیت ہیٚنہ پنشر مہ جایہ کاٴمل — سیٚٹھاہ خوش آسہ آسان تس ہن دل

شِیم چھس شتھر گلہ وُن ویشہ ہیٚتھ بوم — گر ھس راز س ژکرو رنس سیتن کاٴم

---

۱ ہیتھ شارس منز چھ تمک ذرا اچھتان ۲ دوہیمس گرس منز ۳ تریمس گرس منز +

ژُمِہ کنِی آیِہ آیتُ کرِہ دھرم دان ۔۔۔ دہن وأنتھ بس بیٹھ گالِہ زُوجان

نہ بُوزتھ مَن ہِمنُن سِیتایہ خوش گو ۔۔۔ دوُیشُ نمی رازہ پوترس ناوکرلوَ ۔ 25

وَنَن سِیتا انِ زٔھارِتھ دوہ پل ماکھ ۔۔۔ تھوَن گوہ برس رٔیشِس نشہ اَس بیاک

بہت رٔیوش اشِرس سِیتِ گنڈِتھ مَن ۔۔۔ گرٔھن خوش بیٔلِہ تھوَن باشِ ہِمنِس کن

گوُنزِ سِیتا بہ پیٖنہٕ آسہم بہ زٔھارن ۔۔۔ رٔیشِس ماوَدہٕ سِیتی زٔنزل گرٔھہم مَن

دوہہ اکِہ گیٖیہ ہِمنِس بیٖتھ لعلِہ منز باگ ۔۔۔ کرِن رٔیوش اوس نالس ہوشِہ کنی داگ

بہ عادت بیٔلِہ نہٕ کیٖنہٕ بوزُن سدا نمُ ۔۔۔ نظر ترٲوُن کورِن افسوس نیوٚ کمُ ۔ 30

گُمان بس پی سِیُن نیوٚ جانوارن ۔۔۔ ہیم سِیتا نہٕ آسہم پان مارن

وَدُن نمُ سُند دوُپُن ہیکہ مانہ ژٲلِتھ ۔۔۔ ژُن اکھ دربہ کانا نام سمبٲلِتھ

مُنجن آہی وٕنِہ لوٗگ ہی سدا شوٗ ۔۔۔ گرٔھن بیٖتھ دربہ بالکھ نیٖتھ ہِمنِس لوَ

وُنِ لیلا شرن سأینُ دیٖس کُن ۔۔۔ دربِہ بالکُھ پرٕزلہِ وُن پأدہ سأینُ

تھوٚوُن نمُ ژورہ پأٹھن وارہ سأوتھ ۔۔۔ دِیُن نام آیہ سِیتا پان نأ وِتھ ۔ 35

سوٚ سِیتا آیہ پھیرِتھ ہیٖتھ دوہ پل ماکھ ۔۔۔ وُچھُن بیٔلِہ بالکُاہ تَتہٕ لجی وٕنِہ واکھ

اُچھن لجی پھش کرِنہٕ ہُلی ھیم اُچھر وال ۔۔۔ اُکس اُچھہ پأدہ کیٖنہٕ پأٹھی گوم دوٚیم لال

رٔیشِس آس نامنس ہنس پنِی شینک ۔۔۔ نظر ترٲوُن وُچھُن نہٕ ولجہِ پیٖتھ کرِنیک

اسَن دوٚیپٔس وُچھن گرٔھہ دیہ سندی کار ۔۔۔ یمَن دوہن ماتفاوت وُچھہ ژٕہ زِنہار

سِین خوش منہ کنِی ژٕی گوہ بت کرُس ناو ۔۔۔ دُبوٚ گت وُچھہ نہٕ سِیرچ کتھ منس نھاو ۔ 40

اُچھن نم دوہ نہٕ رٔوے نیٖتھ ھی اچھن لال ۔۔۔ برزلہِ وُن لوَ نہٕ کوش بیٔلِہ گو سِیٹھاہ کال

رٔیشِس ڈیشتِھ تس گُن سأینک خوٚے ۔۔۔ صِفت چھے صُحبتس پوٚشس پیٖنُ بوٚے

---

لہ تمہ تُو پنج +

نہ کھینہٕ سِتن گلابن گیہ لیدٕری پوشن | تہ یام وُچھ یَیش نہ لوُن ئیٚرِ دِنس جوش
کٕرن ہارِ نج گاہ سودرِ یہ ہندی کان | دِتن پئدی پٕری ہمن وُچھتو شہ گوہ جان
دِتنُ نمی واک یس پٹھ ییہ ہیندِ تیر | ہمِس مشرِت وا نہٕ یوٚد وے آسہ بوٚڈ ویر 45
تِنٕے بوزِتھ تِکارن آسی نیبرن | یہوَن یُس برو نٹھہ نس یے وا یہ مارن
گرٕہن لارن ہمن سارٕن سِکارن | گلُن نہٕ سوٚنبلن ہنز باگ پھیرن
یٕہن لارن ترٕہن کرٕوہن کرن لار | سکارن کھیٚلی کرن اُڈجن گٕنڈِک وار
ہمن وُچھی وچھی کرٕنہٕ لجٕ سوکھ نہٕ آنند | وُچھن گاٹلی تہ زوراوار فرزند
ہمن وُچھی وچھی سو سیتا شاد سائنی | دُوبارہ لٲنک زن آباد سائنی 50

## اَشمیدِہ گُرٕ

دین بیٚلہ رامہٕ ژٕندرس نِشہ جُدا گے | سو سیتا نااُمیدی ہٕنٛز روٚٹن دَے
کٕرن نمی رامہٕ ژٕندرن جاک جامن | ژٕٹن زن گل گریبان نا یدامن
وہنِہ لوٚگ کیاہ سناسِیتا یہ کیاہ گو | زِندے آسیا سناکِنہٕ کھیٚنیہ شالو
وُنِتھ کس زانِہ ییمی کوٚر پانہ ییٚتھ کار | بوٚڈس تیٚتھ سیٚندِ دوہ کیٚتھ پاٹھی لبن مار
ہرنہٕ لوٚگ دانہٕ اوٚش آرامہٕ تِشہ رُود | یِتو ادٕہ چرخ دین کیاہ چھس نفع سوُد 5
خبر سائنی ویشِٹھس آو لارن | پھوکس کیٚتھہ نس دوا ہیٚتھ آو لارن
دٕوسُن نمی ودِنہٕ سنٕز دوہ کیاہ چھہ چارہ | ژُھنِتھ ترٲوِتھ سِیی کیٚتھہ دوہ دوبارہ
سمے چھے بازیٔ گر برم دِتھ بہ بازار | بلا وِیرن دِون مُلی ہیتھ بلی آزار
دوکانداراکُن برداشت کھارن | قرض گوٚبرن نہ ادٕہ کٹھی ہیٚتھ چھیہ لارن

تنھے ئمثرن تہ مُثر آونھ دِدن اچھ    دپن سارین بوٚہہ یے مایب نہ بٔبیہ موج

بتو شطرنج نتہ شاہ رُخہ کھچھ ہاون    اکابیرن وزیرن مارہ ناون

کرِن سارِی بنھے پاٹھن اوارہ    زِہ بیٚلہِ کوٚزنکھ بیٚین ہُند کیاہ چھُ چارہ

خبر چھا کُس شکست بٔبیہ اوے اِدبار    ایزہ وۆنہ ہے ستھس بنِس زِھنکھ نار

خبر چھا مینھر کُس کاہنہ شتھر ماوس    زِہ کیاہ وۆنئے نہ پاس باغضب گوس

مَنس چھےٚ دوکھ ونے اتھ کیاہ دوا چھے    کرُن اشتبد جگ نتھ بی روا چھے

زِہ زلہ نے پاپ سارِی روز چالاک    گرڈھکھ تیتھ پاپھ ورزت ماچہ نتھیہ زاکھ

زِہ زلہ نے پاپ سارِی کرِ تکن پن    سومبر سا مانہ من تھا وِ ایشرس کُن

وۆنکھ بیٚلہ تَیِ اۆنکھ گرکھبلہ بوٚوکھ    دِدِن لشکر ستن بَش اتھہ زوۆکھ

برتھ رازن نین لشکر سپٹھاہ ستی    پچھن ہندی لچھ سوارہ پیادہ گیہ کیتی

برتھ رازس ستن گو بٔبیہ شتر گُن    زھندت سمسار سوٗرے آپہ ہِن ہن

گمان نس کُس مِہ ستی آبس جنگ ناب    لسی کُس بَش وُچھتھ کوہن سینہ آب

## لوکوشُن جنگ برتھ رازس ستی

وُچھو بیٚلہ بَش گرُس آبس ئیتم دوہ    بیا بانن زھندت لار پیوشہ برکوہ

توٚنے نابتھ کو ہس پیٹھہ لو نہ کوشن اوس    بکن گو پانی یانے کیاہ غضب گوس

بہتھ نتہ کوشن گنے زوٚن لو گوٚمت وَن    بیٚین رستی بآلکن ستی زھالہ مارن

کوشن ڈبوکھن فشوناہ شور بوزن    پرزھینہ لوٗگ تان ہوون بآلکن کُن

نمو بیٚلہ وُچھی سو لشکر زلی کُٹھتھ رودی    بٹھین ہیرن کنڈبن تل رودی زنموٗدی

کوشن گرُ ڈیوٹھ نس گرٕی آسی تہٕ ٹاٹھی — گرِٕس لارٕیوو پادرسہ ہہ سِندی پاٹھی

ژوٹن ہنٛپھ دِتھ ہیوٚن تتہٕ چرکھ بیرِن — بیا ہیوٚ ڈیوٹھ ہینکھ پران بیرِن

وِچھو آتشزر بہٕ پان پھیرِ روٹ بہٕ دٕرِ باو — نٕربوٚ نہٕ زل ژھنڈِتھ کمہٕ شاٹھہ لجٕی ناو

کوشنس گو خوش گرہ ڈیوٹھن سبٹھاہ جان — سوٚ نکُ ساز اہ کرِتھ زن پیرِ یہ ناپان

ژٕہن لاکم گرِٕس ہنٛپھ دِتھ کوٚرُن بند — وٕنہٕ لگی نم کوشنس گرِتھ آبرُن قند

گراہ نُنہٕ پھٕنہ نہ واوِس کُن دِوَن تن — وُچھو کیتھہ پاٹھہ روٹ نمٕی شیرخوارن

رِبہٕ بیٚلہٕ وُچھ ساٰیسو شرمندہ ساٰینی — اٰسنہٕ لگی نس دُچھیتھ نم کوہ زن ہنی

دُچھو کیاہ واوہ ہیوٚ لارِن گرِٕس آو — سبٹھاہ شاباش چھس نس ماجہ یس زاو

وٕنہٕ لگی دیوتا دے وٕ یاد گاٰرسن — یہ زامُت یس نمنس دن باگی آسن

پیرِ بہٕ ژٕدرہٕ چھاکِنہٕ نوٚ وُچھہ اوتار — مہاوِیرس بیَس بٕوٚ وِٕسن نمسکار

اسان دٕوٚ ہیس مہ سہ کر کینہ گرِٕس سینی — دوٚیک نمی پنچہ ژٕلِونہٕ بیٚیہ فروعہ کیتی

دوٚیک نمی گوہٕ ڈو مہٕ نش یُس زِندہ روٚزو — سُہ اِدہ میانی بیٚیہ یم وسنار بُوزو

رِبہٕ و دٕبرہ وُن وٕنِتھ تُرزن سہ ترکش — کرِن کینہہ کھشی مگر ہی کنیٖرن کوٚرُن کھش

سبٹھاہ یٚیلہٕ ماٰرنی پنچ پھیرِ شکر — برُتھ لاریو بانٛو نفرسس برابر

تسُند درشُن وُچھنہ بے جس برُتھ گو — وٕنہٕ لوٚگ زُن چھاکِنہٕ رمبہٕ وُن دو

کمِس نِتہٕ زاو کس نشہٕ کرہ بہ معلوم — ینٛھے اوس رامہ جو یٚیلہٕ اوس معصوم

نِمس ژٕ دیٖتھ منس برھنس بنا گوس — وٕنہٕ لوٚگ کیاہ سنا گوبراہ ینٛھے اوس

نہ ماٰ اسس خبر کینٛہہ پھُم بہٕ فرزند — امی دعوا یہ باپت گر کوٚرُن بند

تمنا گوس نکھہ دُچھہس گلا بَس — رگن دگ رنبہ ژُجس پرٕن مو یہ دلس

بِہن چھُس لول لولُک لۄگ وَرِنہٕ باگ　　دۄپُن تھۄوہٕ ہَن اُنتھِ وااَکنِچ منز باگ　25

نہٕ مازونُٹ اُمِس نِشہِ چھم نہٕ کینہہ بات　　کرٕہم مامر و بیذق بند شہٕ مات

نہٕ مازونُن یہ ماسِ بیتابہ زامُت　　پُچھ ماسِہ سارِنی مایہٕ نہٕ آمُت

نہٕ مازونُن دۄو دسنہٕ ہم دِلاوار　　سہٕ دسنہٕ بازی ماگژھہ رنگِ نادار

بُرتھ لۄٹ لۄٹ پکان نام نِس نشِن گو　　کوٚشِن ذُبتھ تیر رٕتھہٕ نِشہٕ ڈۄل وُنتھہِ ہیوٚ

خبر چھے نازِہ بَرتھنہِ کینتھ بلا ویہ　　سنبولُن دم کوہٕ شِس لوبُن ڈیکس تیر　30

سینُن بیہوش بیلہٕ تُھی کینز وُستھ پیوٚ　　رٕتھس ہیتھ نِل سُہ برتھن ہیتھ مُنس گو

بُتھن نِل آسی ناریشی شری وچھان حال　　گٕرٕتھنتھ سیتابہ دۄنہس کھوٹ گوڑے لال

نہٕ بوزِتھ گو مُنس سیتابہ بیداد　　کوٚرُن فریاد گوٚبِس لُچی سوہ دِنہٕ ناد

وِ دِنہٕ لُچی تام نوٚتُے پادا سپنُ لو　　کوٚشُن بوزِتھ فشولس ہیتھ پکن گو

دِپن تۄٹ نام کوہٕ شِن ہیپہِ دم سنبولُن　　برتھ رازن مُنس راسبند نہٕ زولُن　35

دوامُوتھنس نہٕ شربت دامہٕ چھُوٚن　　کوٚٹھس ہیتھ کلہٕ ہیتھ نُتی للہٕ نووُن

لوٚن آلو کوٚرس کٕمُرا وِ دِی وتھ　　وُچھُو ہیتیارِہ وُنی کینتھ پاٹھی مارتھ

لوٚن آلو کوٚرس اُتی روز وِیرہ　　بسم گرتھہ یہ بتنَ امہٕ چارنہٕ تیرہ

اُمِس سِنن نِزہ کوہٕ پرٕتھی دَیراوسے　　اکُے گوژتھ ناگژھن کونوزُجی دی

شُرِن سِنی پاہیو گرتھیو کرُن نیاے　　شُہے کینتھ تیر ذِبُن ہیری نہٕ کینہہ ماے　40

وۄ ذُتھ بُتھہ نیُتھ مِہ نِشہٕ لو نکھہ ہتنگ پھل　　نہٕ دوٚنے بوز پوٚز یار وز یا نہٕ شُل

برتھ رازن نظر دِژ تام سُہ ذُبوٹھُن　　وُچھنہٕ لوٚگ سانہٕ سانہٕ نس کوشس کُن

وِنہٕ لۄگ کس سناوَ نہٕ کُس تھوہم کن　　اکس صوٚرٔ ژ نہٕ صوٚرٔ ژ چھُس یہٕ ڈیٚشن

اچھن لوٗک پھیش کرِنہ موٗنی ماگیم ریشؔ ۔۔ اکِس ڈیشان زہ چھُس کیاہ ماو نم دریش

سہ گواتھ فکرہ لوگو لو بینس تیر ۔۔ زھنن ترا ونھ پتھرہ بیٹھہ تُنھ بلاوپر ‎45

کوشن لب وتھ ژلتھ بایس نشن آو ۔۔ برن شادی سبتھاہ زن ماجہ نوو زاو

لون نامت کوشس کن ہیوٗن منوٗنے ۔۔ وو پھو ونی ہو گرھو اسی گرہ ینوٗنے

لون دو بینس گرھو گرہ کن خوشی سان ۔۔ ودان نیتہ موج ماران آسہ ماپان

کوشس گر خوش گومت ڈُلہ گنی ہیتن دنی ۔۔ دوپن نس کرمہ خالی گرہ بنیم ین

کوشس گر خوش گومت مُبشر لوگ لد آنے ۔۔ پتھر بیٹھہ پان ترا ونھ لوک ودآنے ‎50

خبر کر کینہ زہ چھے کیاہ پھکھ گرہ جان ۔۔ سونگ سازاہ کرتھ زن سِر بنہ ناپان

مہہ رو ڈمت اوس بیٹھ تیو نم سہ مارن ۔۔ رڈکھ گردن زنکھ پیادن سوارن

پھرنھ تنبلتھ ووڈنہ ووتھ حال بوون ۔۔ دہنہ لوگ حال بوزتھ نس کوشس کن

گرھو پانس ہیو پیچ یو بہ مو ون ۔۔ کڈ آیو تیبر دنھ ونی مولہ گردن

لون یام بوزنہ دیو تنس تیبر دانھ ۔۔ زھنن نمہ تیبرہ سیتن پھرتھ مارنھ ‎55

لون یام بوزنہ وون تیبرس کن ۔۔ مندین سِر بہ تمندا ست سائین

کھرس زکھ جہلہ سینی لشکر کورن ڈاس ۔۔ کنھا چھنہ کینی مارن ساہہ بڈی ساس

کوشن دبت تیبر نی مورن نشتر گوان ۔۔ زنتھے رنھ پیو مُبشر و میدان گیہ سون

نندی بیمہ سیتن ساہہ بڈی مودی ۔۔ ژلتھ گیہ زندہ پو دوے پانتھ دہ دودی

ہنز بیت کھو پیاہو تو دہ نم ژلی ۔۔ ژلتھ نشہ رامہ ژندرس و آنی بلی بلی ‎60

## لِکھمن جی سُند ماپہ ہ گرھن

سلہ یہ چھُہ کاشرِہ زبانی ہندکس تام یرون مہاورہ یس نہ اسی از استعمال چھہ کران۔ ویسے گیہ ریش موٗنی گرھنی دار سفید گرھنی تہ بجرن۔ موٗنی گو ہیٹھہ کرہ تن تلہ سفید۔ مطلب ہیکس تیر تھہ بڈھ تر ہیٹھہ گرھن۔

وَدَن گے رامہٕ ژٕندرس نِشہٕ وَنِتھ زار
دٕہ یوٗ رێشی بأ لِگو کیاہ کوٚر یُتھے کار

ژٕرُ گوٚن بَرتھ راژہ مارٕہ سآینیٖو
مٕرتھ ہِم سارِ لشکر خوار سآینیٖو

اسَن وٚون رامہٕ ژٕندرن یِم ونن کیاہ
دٚوُن لِکھمن ژوٗس کُن گوٚمن کیاہ

اِسِہ لوٚگ رامہ ژوبا منَس یِہ بوٗزُن
کَرَنہِ کنٛہہ سِرٕہ لِکھمن جلد سوٗزُن

ژٕہ وٕہ نہ تھوٚد گرتھ ٹکن کر بانہٕ معلوٗم
وَدَن نٕیی لِکھمن وٚون تِم نٕہ معصوم

وٕدُن ہیوٚن لِکھمن بھیرتھ یِہ وٚوٗنِس
وٚدُن واراہ بتھر یِیو ضعیف اوٚنِس

مِہ تبلِہ ووٚنہ مُہن ژٕہ ییٚلہِ سینا گُرتھ خوار
سہٕ نَن زا لِنٛتھ نِکمہٕ لِتہِ ترٲوِ تتھ نار

دٚوٚتھن ہِم سارِ چُھ رُم راتھ گالَن
کَرَن تِتھ ژوٗش سَنتھ دٕریاو زالَن

ژٕہ بے پرواد یا چھکھ چُھے برابر
یِیی نے ژٕکھ مِہ سیٖنی ٹِکھ چارٕہ کینٛہ کر

رِبہ ووٚبرہ وُن دٕنتھ نشکرِ سینن گو
وَلِس منز باگ ڈیوٗ ٹھُن کوٗش نہ بِنیہ لوٗ

وُچھن ہِم رامہٕ ژٕندرنہ مَرتھ ہندی لال
ژٕنێس بنیہ ہوٚیس تِس سینا یہِ ہند حال

وٕنِہ لوٚگ کیا سنا بِم کم سنا چھیم
اِلہِ لوٚگ لوٚگ وٕنہ چھیم لولہٕ پَتی یِم

اِلہِ لوٚگ ییٚژٕ لہِ لوٚگ دوٗر پانے
گَلہِ لوٚگ ییٚژ ہلہِ لوٚگ سوٗر پانے

وٕنہ لوٚگ کیاہ سنا لَس ماجہ کیاہ گو
بیٚہمِس سآینیٖو وٕہ دَے یِم رمہٕ ژٕنی رَو

وٕنہ لوٚگ کیاہ سنا تِہ ماوٚنکھ میوٚن
ژُھنِم ییٚلہِ گرٕہ گُڈتھ درہٕ ژٕ ونہ لوٚگ گرمن

رِمن وُچھو وُچھو انان چھس لول ییٚژ ژوش
بیوٚن سینا ژٕنیس دٕ وزن نہ کینٛہ ہوش

رِمن وُچھو وُچھو دزان ییٚژ لوکہِ سینن
بیوٚن سینا ژٕنیس گوٚل ہولہ سِنن

غمن اوٚن زور تس لوٚگ دِنہ وٹھُن بیش
سبٹھاہ دوٚدس جگر اَدہ لوٚگ منگنہ ترِیش

وٕنہ آکاش لوٚگ تس لِکھمنس بی
مَہ وَد باوٚتر پرا ان ترِیش یتھ چھی

